Alum

by

Veerander Patwari

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | علَم |
| مصنف | : | ویریندر پٹواری |
| چھاپنُک وری | : | ۲۰۰۷ء |
| تعداد | : | پانژھ ہتھ(۵۰۰) |
| مول | : | اکھ ہتھ روپیہ(Rs 100) |
| کمپیوٹر کمپوزنگ | : | المختار کمپیوٹرزنئی بستی اسلام آباد کشمیر |
| چھاپ خانہ: | : | رہبر پرنٹرز دہلی |
| سرورق: | : | عادل مختاؔر |

کتاب میلنُک پتہ:

ویریندر پٹواری:۱۰۲، ڈی لکس اپارٹمنٹس، وسندھرا انکلیو، دہلی ۹۶

فون نمبر: ۲۲۱۹۰۴۲

کتاب گھر، لال چوک سرینگر : کتاب گھر کنال روڈ جموں

# اَرپن

صاحبو ستھ چھم مبہ چاٲنی
صلیح
وتھ مبہ اچھ ہاوتم

یمن بٹہٕ تہٕ مُسلمان کٹھن سیتی
بہ اوسُس لوکچارس
یہ پرٛیل گنیش گھاٹ پرأیمری سۆکوٗل سرینگرکس آنگنس منز
پرٛتھ دوہ لولہٕ سان پران
میٲنی یہ کتاب چھےٚ تہندی ناوٕ

ویریندر پٹواری

بہ چُھس پننِس ٹائٹھس بالیس

راجیند ر پٹواری

سُند سبٹھاہ مشکوٗر

تہِ کیازِ تسندِ اتھہِ روٗٹ کرنہٕ بغاٗر

ہکھہٕ ہانہ بہ

کینہہٕ تہِ کرِتھ

---

ویریندر پٹواری

# ترتیب:

# گوڑ کتھ

''گرٕ وندٕ ہے گرٕ ساساہ۔ گرٕ ژے ہو ڈیو نٹھم نہ کانہہ''

یہ وون نہٕ مےٚ یوت۔ پتہٕ وتھ ووت لۆکن یی ونان۔ تہٕ ونن کیاژِ نہٕ۔ سُہ کانہہ ستھ طاق تہٕ ژور پور لٔر اٚسۍ تن یا کانہہ کھوپٔر۔ کانہہ عالیشان بنگلہٕ اٚسۍ تن یا گاسہٕ پٔہر۔ گرٕ گوگرٕ ے۔ ونان چھِ نازِ جاناوار ہرگاہ گُنہٕ کنڈی تھرٕ پیٹھ تہِ روزان آسہِ تس چھِ سُو کنڈٕ تھرٕ تہِ جنتھ باسان۔ مےٚ کیازِ باسہِ نہٕ پنُن گرٕ جنتھ۔

پۆز گرٕ کتھ ونو............

مےٚ چھ شُری ونان زِ گرٕ گوسُہ ییتہِ گربک زِٹھ پنُن عیال ہیتھ سوخہٕ سان روزان آسن۔ تمہٕ تہِ آسن پوز ونان، تہٕ بہ............؟

مےٚ واٚتی ووٚنی دلہٕ منز پنداٚہ (۱۵) ؤری روزان۔ ییتھ فلیٹس منز یُس اسہٕ یور ینہٕ پتہٕ مٔلی چھُ ہیوتمُت۔ اٚندی پٔکی چھُم سورُے عیال۔ شرُی تہِ تہٕ زرُی تہِ نچووی چھِ نم ساری چیز برونٹھ کنہٕ تھاوی متی یمہِ اٚزی کس وختس منز آسنۍ گڈھن۔ تمہِ سارے آسائشہ یمہٕ بہٕ کاٚنچھتھ ہیکہٕ ہا۔

مےٚ کیازِ نہٕ تلہِ باسان بہٕ چھُس گرس منز ؟

مےٚ کیازِ چھ باسان بہٕ چھُس وانگجی وور ؟

شایداوکنہٕ زِ میٚہ چھ گرِ بک تصور بدل کیاہ تام !

یِیلہٕ بہٕ زا شُر اوُسُس میٚہ اوس ماجہ ہنزِ کوچھِ منز باسان زِ بہٕ چھُس گرس منز۔ تمہٕ پتہٕ یِیلہٕ بہٕ ماجہ ہوٚتنس منزِ لِس منز تھاوُن میٚہ باسوٚ سُہ منزِٕل تہٕ پٔنُن گرٕ۔ ہنا گوس بہٕ بوڈ تہٕ ہیوتنم سُہ لرگرٕ باسن ییٚتہ اُسی روزان اُس۔ یارہٕ بل بٹھس پیٹھ اکھ ترٚے پورلرٕ ییٚتہ اُسی وندس منز ووٚٹہٕ تہٕ رہتہٕ کالہٕ کأنی پیٹھ روزنہٕ کھسان اُس۔ ییٚتہ میٚہ گوڑٕ گوڑٕ ہیرن کھسنہٕ یاوسنہٕ وزِ پھرٹھ اوس اژان۔ تہٕ میأنی موج اُس میون پھرٹھ میٚہ آلو دِتھ ژٔلہ راوان۔ ییٚتہٕ بہٕ شامہ پتٕ نبر نیرنس کھوژان اوسُس تہٕ میأنی موج اُس دزون ژونگ براندس پیٹھ تھأوتھ ونان زِ گاش وچھتھ چھِ سأرے الأے بلأے دور گژھان۔

وارٕ وارٕ ہیوت میٚہ سوکول گژھُن۔ ووٚنی اوس نہ میٚہ شامہٕ پتٕ محلس منز پھیرنس تھورنس تہٕ کھوژُن لگان۔ باسان اوسُم زن تہٕ چھ سورُے محلّہ میون گرٕ۔ میون پٔنُن گرٕ۔

خاص کرٕتھ تمہٕ دوہٕ پیٹھ یِیلہٕ اکھ ژپل ہوٚن آیوٚ وو میٚہ پتہٕ لارِ۔ فاطہ اُس وارٕ پیٹھ بہتھ۔ تھٕ تمٕ میٚہ پتہٕ ہوٚن لاران وُچھ تُمس ژٔج کُنی کرٕ بکھ نیرتھ تہٕ ترٲون دارٕ کنہٕ ووٚٹھ۔ میٚہ ژٔھنن تھف تہٕ روٹہٕ نس پانس ئتی نالہٕ موٚت کرٕتھ توٚت تام یوٚت تام محلہٕ والیوٚ سُہ ہوٚن ژلہٕ روٚ ونہٕ۔

کالج واتان واتان باسوٚ میٚہ سورے شہر پٔنُن گرٕ۔

پتہٕ گوس بہٕ جودھپور راجستھان انجینیر نگ پرنہٕ۔ تتہٕ پیٹھ یِیلہ بہٕ چھٹین منز گرٕ یوان اوسُس میٚہ آسہٕ تمہٕ وختہٕ بوٚ کہٕ ہنان یِیلہٕ سأنی بس بانہٕ ہال ٹنلہٕ منز اژان

أس۔ مے اوس باسان زِ بہ وۄنس گرٕ۔ تتھے پأٹھی ییتہٕ پأٹھی ہے لوکچارس منز پرایمری سۆکولہٕ پٹھ واپس ینہٕ وزٕ گربک کوچہ وچھتھ آسہ بوکہٕ ہنان۔

مے اوس باسان ٹنلہٕ دۆیمہٕ طرفہ آسہ میأنی مأج مے نالہٕ موت کرنہٕ خاطرٕ پراران۔ تتھے پأٹھی ییتہٕ پأٹھی سُہ لوکچارس مے پرارن أس۔ ٹنلہٕ نبر نیرتھ ییتھے ٹھنڈٕ ہوا مے بُتھس ٹیتی لگان اوس مے اوس باسان زن تہٕ کۆرنم ماجہ ڈکبس میوٗٹھ۔ باسہ ہِسم نا مے برونٹھ کنہٕ أسۍ نا آسان میأنی مأج، مأج کشیر!! مأج کشیر یمۍ سُند انہار میانہ ماجہ ہتۍ تہٕ رلان چُھ تہٕ فاطس ہتۍ تہِ۔ ژکہِ چُھس نا کأشُر۔ پرٕ بتھ کانٛہہ کأشُر آسہِ امی رنگہٕ سوچان۔ کشیر چھاسہٕ سارنے کأشرٕ بن گرٕ۔ سُہ بٹہٕ أسۍ تن یا مُسلمان۔ پرٕ بتھ کأشرِ سندی پأٹھی چُھ مہ تہِ کأشُر آسنس پٹھ فخر۔ تہٕ کیاژِ آسم نہ۔ کشیر چھا کھ ریشی وأر ییتھ سأری جنتھ تہِ ونان چھ۔

جنتھ چُھ اکھ تصور۔ پۆز کشیر چُھنہ کانٛہہ تصور۔ یہ چُھ اکھ حقیقتھ۔ یُس زندٕ روٗزِ سُہ ہیکہٕ پننۍ وأچھوٗ چتھ ......... امی کشیرِ منز آس بہ أنچہ رٔتھ نبر کڈنہٕ بہ کرۍ کوڈنس پننہٕ مأجہ ہنزٕ کوچہ منز تہٕ واتہٕ نۆونس ییتھ جایہِ ییتہِ مےٚ پٔنن پان ژُنہٕ تہِ ووپر باسان چُھ۔

شاید تمی ہوٗنی یُس لوکچٕ مےٚ پتہٕ لٲریوتہٕ بہٕ رُٹہ نس فاطن نالہٕ متہٕ۔

تمہِ ساتہٕ تہِ أس فاطٕ تتھے پأٹھی دارِ پٹھ بہتھ ییلہٕ بہٕ شُر بأژ ہتھ تس برونٹھ کنہٕ ودان دراس۔ تمۍ کیاژِ ژہنۍ نہ دارِ کنۍ بیٚیہ تہِ ووٹھ۔ رچونس بہ نالہٕ متہِ۔ مےٚ ما راوِ ہے گرٕ۔ پوز سُہ تہِ کیاہ زن کرِ ہے۔ سُہ ہوٗن اوس ووٗنی ہلکأری گومُت۔ فاطہ کتہِ پوشہِ ہے تس۔ سو أس پانہ پھرٹھ تم۔۔ مےٚ کیاہ کرِ ہے۔ سو أس ژُنہِ تہِ تتھ دارِ پٹھ دم

پھٹی گرٛھتھ وٛتھ گن وُچھان یوسہٕ ووٚنی دزان چھِ۔

وُچھان وُچھان گییہٕ ووٚنی پنداہ وری۔ ینہٕ مےٚ پنٕن گرٕ روو۔ راوُن دگ چھ ژاٮ۪لنٕی سبٹھاہ مُشکل تہٕ یہِ دگ چھنہٕ زانہہ مشان۔ مےٚ تہِ کتہٕ مشہِ بہٕ تہِ چھُس امی دگہٕ ژھٹتھ ترومُت۔

مےٚ چھُ وُنہٕ تہِ باسان زنتہٕ چھُس تتی تمہٕ نی وتن، تمہٕ نی کوچن، صُبح شام پھیران تہٕ وُچھان کتھ کشیرٕ کیاہ گوٚو۔ یہِ بوزنہٕ چھُم یوان تہِ چھُس پنٕن بوس لوٚتراوُنہِ موجوب پنٕنی پاٹھی باونچ کوٚشش کران۔ بہٕ کرٕ چھُس قلم تہٕ کاغذ تُلتھ پنٕنی باوتھ قرطاسس پٹھ تاران تہٕ میانی باوتھ کتھ پاٹھی چھِ افسانن ہنٛز شکل رٹان۔ اتھ سنبوس نہٕ بہٕ زانہہ۔

خاٚر "علَم" چھِ میانین تمہِ نے گینزٕن افسانن ہنٛز سومبرن یمہٕ مےٚ کاشرٕ زبانی منز لکھِمتی چھِ۔ تہٕ یہِ چھُ کاشر زبانی ~~منز میانی~~ گوڑنچ سومبرن یوسہٕ کتابی شکلہٕ منز پرن والین بروٚنہہ کنہِ تھاوان چھُس۔ مےٚ چھ پوٚرٕ وومید زِ تِم ساری کاشرٮ۪من میانی پاٹھی کاشُر آسنہٕ ٹنک فخر چھُ تِم ژینن میانی سودگ یوسہ مےٚ پتِم پنداہ وری ژالان ووت تہٕ ژھانڈن امیوٚک کانہہ تہِ ورُکھ۔

ویریندر پٹواری

مارچ ۲۰۰۷ء

دہلی۔۹۶




# علَم

نُیک نُیک گاش چُھ آمُت

تہٕ کتھ کتھ بوزِتھ چُھس اَڈوزھِ دارِ کنٛز ژوپاّرٕ وُچھان زِیمہ کتھِ کتہِ سنا چھ گژھان۔۔۔ پوز کانٛہہ تہِ چُھم نہ لبنہٕ یوان

اما یہ چھا اَندٕ پکھٕ وُنل کنہِ دٕہ توٕے کنٛز ماسنا چھُ نہ مےٚ کینٛہہ تہِ بوزنہٕ یوان۔ یہ چھا ممکن۔ پوز راَتی راتس یم نفر یتھ گُٹھس منز اَسی موٗجوٗد تم کوٚت سنا گیہ گاش پھوٚلِتھ یہ وُچھتھ چُھس بہ زن تہٕ ہا یہ بنگ گوٗمُت، راَتی راتس تہِ رودُس بہ فرٹہٕ تمی گژھتھ پنٛنی شاہ گنٛزراں تہٕ گرٕگر نپٹاوان۔ پراران پراران زِکریٚہ گاش تہٕ بہ تھاوٕ دگ۔

گاش ییتھ چُھس دِپان ژلے تہٕ کتھ طرفس۔

شیٖن چُھ رزٕورزٕو پیوان۔ اَنٛتھ اَنٛتھ شیٖن چُھ ہیوٚ رہیوٚ رکھسان تہ مےٚ چُھ باسان زن تہٕ بہ چُھس گزگز بون وُسِتھ گژھان۔

سوران سوران چُھم بیٚیہ تہٕ بیٚیہ گُس تام یہ ونان زِ وارٕ کارے اُوسکھ شربن باَژن منز بہتھ۔ گُس سنا لٔٹھ آیی زِشینہٕ گٹکارس منز دراکھ بُڈ ببہٕ سندِس باغس منز گلی

لنجن پیٹھ شینہٕ تھوس وُچھنہ۔ موٗن زِ گرٕ نیرِن اُس غفلت۔ پوز یہ مےٚ گرٕ نیرِتھ راتی
راتس وُ چھ سہٕ کیاہ زن اوس، یہ مے کنو بوٗز، اَچھو وُ چھ سہٕ اُوسا اکھ پزر کِنہٕ برہم؟
برہم کتھٕ کنی اُوس مے ہانگلس رتھ وَتھرووِیموا تھوٕ ستی۔ توہ کنی چُھس اتھٕ موران تہٕ ژیتھ
دِوان۔

میوٚن بُڈ بب اوس شینہٕ ترٹن منز تہِ پنہٕ نس باغس منز کھسان۔ کانہہ تہِ
ہرگاہ پرژھہس زِ یہ کیاہ۔ سہٕ اوس اُسنا تراوان تہٕ ونان۔ سوال کورتھ فائتر سند پاٹھی۔
بوزیمن گُلی لنجن، گُجن پیٹھ کینہہ رتھ برونٹھ ٹنگ تہٕ ژو نٹھی اُسی الوان زن تہٕ سوندر مالی
ہندبن کنن پیٹھ الوان سونہ کنہٕ دور۔ تمنی لنجن پیٹھ چھِ شینہٕ تھوس آسان۔ ژ کہِ چھِنہٕ
تمی فقط شینہٕ تھوس آسان۔ تم چھِ سفید المہ ہتھ فرشتہٕ آسان۔ یہ وُچھنہٕ خاطرٕ زِ بلا یہ ما
چھِ ییران۔ تہٕ بلاین نِش رچھنہٕ خاطرٕ نظر گزرتھاوان۔ رُت رُت کائنچھان تہٕ لول
بأگران۔ ہاے یہ کتھ اُس مے لوکچارس منز اکہٕ بالکی پاٹھی کاڈبن منز ژامرٕتہٕ راتھ
صُبحس اکھ خاہش بنتھ درامژ۔ بہ تہِ اوُسس پنٕنی کنی فرشتن ہنز المہ وُچھنہِ درامُت۔
وونی ونتو اتھ بیقلاٗ زی۔ پوز سڑک اُستھ کیا زِ رٹ مے سوے ڈکروتھ یِمی وتہِ میوٚن
بڈی بب اُوس باغس پیٹھ یوان گژھان، تتھ چُھ یہ وجہ زِ مے دوٚپ ڈکرن گھستھ تہٕ
وستھ ما آسہ کُنہ شایہ تمہٕ وختُک کانہہ نشانہٕ وُنہ موٗجوٗد، پتہٕ سوچُم زِ میوٚن نیچووتہِ مالارِ
مےٚ پتہٕ پتہٕ تہٕ وتھ ہاوِنس میائنبن پڈن ہند نشان۔

وتھ گیہ زیٹھان تہٕ بہ رودس شینس منز وُستھ گژھان۔ پکان پکان۔ اتی
کھر گرتھ برونٹھ نیران تہٕ اتی سورُون گاش وُچھتھ روٗزتھ گژھان۔ باغ اُوسُس نہ
کُنہ تہِ ڈیشان۔ ژ کہٕ اُوسُس بہ ٹھٹھی لوگمُت۔

دوہ گولوسان تہٕ بہ گوس پھرٕتھ تمی گرٕ ھان۔ مےٚ ہیوٚن لوکچارس منز بۄزمٕژ
کتھ ژہتس پینٛز یُس میوٚن مول وندٕ رأ ژن منز تیٚلہٕ بوزناوان اوس یێلہٕ ژیر تام أسی
سأری ہوشیارٕ آسان أسی۔ میأنس مألس اوس نہ پئے زِ از تہِ اوس مےٚ دار بن پیٹھ
انہمہٕ ستی لأگمتس کا کدس شیٖن وُچھنہٕ باپتھ اونگجِ سیتھ زودکورمُت۔ یہ چھ پزر زِ مے
اوس شیٖن پیوان پیوان وُچھن سبٹھاہ خوش کران پوز مےٚ اوس أنہٕ گوٹ گرٕ ھتھ
باسان زن تہ چھ مے کانٛہہ آلو دِوان۔ تۄے کنٕ اوسُس بہ پنجرس زود گرتھ اجہ رأ ژ
مألس ستی نالہٕ موت کرِتھ اتی جودوگرن ہنز تہٕ اتی اساطری (Mythological)
اتی تصرُف دارن ہنز تہٕ راہ چوکن ہنزٕ کتھ بوزان۔

از تہِ پیوٚ مے ژہتس زِ راہ چوک چھ کلس پیٹھ نارٕ ٹوک ہتھ وتہِ پکونبن وتھ
ڈالان تہٕ تصرُف دار چھ اتی برونٹھ یوان اتی پتہٕ پتہٕ آلو دِوان۔ اتی جوان، اتی بُڈٕ، اتی
مرد تہٕ اتی زنان، اتی کوکر پوٚتی بنتھ کوکرِ نوان، گرا اسان تہٕ گرا ودان ودان۔
دپان تصرُ فدار اوس تمہ سی زبنان یُس تس جوان دیہ ہے۔ دپان جوابہٕ خأطرٕ چھ سُہ
عارتہِ انان۔ گرأ وکران، جواب دِنہٕ وول اوس وتہِ ڈلان تہٕ گلان۔

یُس ہیٹھ ہیٹھ کرُون نفر مے وتہِ وُچھ تہ یمس ستی مے کتھ کرأ ے سُہ ما اوس
تصرُ فدار ! تمی ما واتہٕ نوُس بہ یتھ گوجرٕ کوٹھس منزٕ ہر گاہ تی چھ پزر تیٚلہٕ یہ مے رات
وُچھ تہ تہِ چھ پزر۔ یہ گوجُر کوٹھ اوس مے گاشسی نظرٕ گومُت۔ پوزیور واتان واتان گو
شام۔ أندی پکی اوس شینیاہ۔ یێلہٕ مے کھۄژی کھۄژی برمۄر کوٹھس منز اوس اکھ نارٕ کھوڈ
تہوٕنگلن پیٹھ اوس سوٗر۔ باسان اوس زن تہِ چھ راہ چوٗکن نارہ ٹوک۔

أندرٕ أس جاے وارِیاہ۔ تہوٕنگلن ہُند گاش تہٕ اوس۔ پوز کانٛہہ تہِ اوس نہ

بوز نہ یوان۔ البتہٕ دارِنش اَس کتھ کتھ گژھان۔

برکوراکائنسہ بند کِنہٕ سُہ گو پانے بند، یہ لۆگ نہ مے پتے !!

تہوٕ نگلن ہُند وُشنیر اوس مے نارٕ کونڈس کُن پکناوان، پوز تہوٕ نگلوٗ وُچھتھ اوس

مے باسان زن تہٕ زٲ گہٕ بہتھ گُستام اَڈٕ وژھو اَ چھووٗ چھان زِ شکار چھا برونٹھ پکان

کنہِ نہ۔ مالِس پیٹھ ووتاہ کنہِ نہ۔ تھف دمساہ کنہِ نہٕ؟

پوز مے ییٚلہٕ وُشنیر پھیوٚ ر مے باسیو زن تہٕ ژاس حماس منز۔ توے گنے یم

ننبدٕر۔ امہِ رٲ ژ ییٚلہٕ بہ ہوشیار گوٚس مے بوز بیہٕ دارِنش کتھ کتھ۔ باسان اوس زن تہٕ

چھا کھأکس ہتی دب کران تہٕ کتھٕ شلکھ تہِ کران۔

''مے دِ اندر اَژنہٕ'' اکھ اوس ونان

''مبے دِنبر نیرنہٕ۔'' بیاکھ اوس در جواب ونان تہٕ ہتی ہابتھ تہِ کران

''بہ چھُس وونل''

''بہ چھُس دہ''

''مبہ چھِ پے توٕے دمے نہٕ نبر نیرنہٕ۔۔ قطن نہ''

''کیازِ۔۔کیازِ ؟''

''ژٕ چھُکھ وتہٕ ڈٲلنہٕ برونٹھ اَ چھن منز مرژ وأنگن ژٕ ھنان۔ پتہٕ چھُکھ

شوش ژھٹان''

''ژِ تہِ چھُکھ لوٚکن وتھ ڈالان''

''وتھ چھُس تمن ڈالان یم نہٕ وُچھتھ چھِ پکان۔ سونچنے تہٕ سمجھنے، بہ چھُس

قو درتک کرشمہ''

''بہ چُھس شیطان۔ پأنی پانہٕ پنٕنِس شکارس موکال کران۔ پتہٕ أچھو کنی۔ نستہِ کنی۔ آسہ کنی اژان تہٕ شاہ رگ ژھٹان۔ مانہِ میوٚن تہِ تراوان چُھسن نتہٕ نہ چُھس ژٕلنس وار دِوان نہ گأٹلنسی تارتھاوان''

''گوناژ چُھکھ بد۔ نیکی فان کران۔ ژٕ چُھکھ ڈاسُر۔۔ چُھکھ نا ؟''

''چُھس چُھس۔ یہ چھِ میأنی کأم۔ یہ کرنہٕ خأطرٕ چُھ میوٚن وجوٗد۔ مے دِ پننی کأم کرنہٕ۔ جأے ترأو''

''قطن دمے نہ نبر نیرنہٕ''

تامتھ گو برس ٹھس تہٕ کتھ کتھ گیہ بند۔ مے کڈٕ ووٗھ تہٕ بیوٗٹھس أکس کوٗٹھس منز کھٕٹتھ۔ پوز أچھ آسم تس نفرس پیٹھ درس لجہ مژٕیُس برس لتھ دِتھ أندر ژامُت اوس۔

أمس نفرٕ سنز ٹٕلہٕ ترأو وُچھتھ زون مے زِ یہ کوٹھ چُھ أمی سندُ ے۔ یہ روٗد اکہٕ بوہرٕ منز پچھنی کڈان۔ بُزان تہٕ برٚ کھ برٚ کھ کرتھ کھیوان۔ کھٕتھ چِتھ درأو یہ نفر نبر تہٕ ژوٗنٕن اکھ أڈٕ مور ہانگل درٕ ہان درٕ ہان دِتھ کوٹھس أندر۔ ڈاکُر اہ ترأ دِتھ ٹٕل أمی پنٕن بندوق تہٕ درأو بیہ برس ہانکل دِتھ۔

ہانگلنی حالت وُچھتھ گوس بہ دم پھُٹ۔

ہانگل لوٚگ ودِنہٕ تہٕ ونہٕ ''ازتہٕ چُھ یتہٕ پچھن بُزنچ مُشک۔ پگاہ آسہِ میانہ مازدزنک مُشک تہٕ کألی کیتھ انسان دزنک مُشک۔ پوز نہ بدلن یِم توٗنگل تہٕ نہ بدلہِ یہ دٕہ۔''

اکھ حیوان بیٚیلہٕ کتھ کرنہٕ لوٚگ مے زون زِ بہ چُھس أکس ووکھٕ جایہ

آمُت ، نتہٕ انہٕ ناوِنہٕ آمُت ۔ یہ ژینتھ ہیوٚتُن مےٚ شیشہٕ کالس منزٕ تہٕ آرکھ وُسن ۔ اما یہ چھا جودوگری کنہِ بیہ کینہہ۔

یہ اوسُس ترٛہر یومُت ۔ پوز۔مےٚ زون زِ ہانگُل تہِ چُھ وبسر یومُت ۔ أسی لگیٚ اکھا أکس تیتھٕ کنۍ وُچھنہٕ زن تہٕ ذبح خانس منز زٕ کٹھ اکھا أکس وُچھان۔

ہانگلہٕ سنز وکتھوٕ ستۍ لوٚگ مےٚ یہ پے زِ یہ نفر چُھ اکھ تیتھ شکأری یمس رامہٕ ہوٚنۍ سِند پأٹھی انہٕ گٹس منز تہِ بوزنہٕ چھ یوان ۔ یہ چُھ بندوٗقن تہٕ انسانن ہُند تجارتھ کران ۔ ازکل چھ یہ نوجوانن ورغلأوتھ نِوان تہٕ چھُکھ تخریب کأری کرناوان ۔ مےٚ پرٛژھُس "یہ نفر یلہ یوٗرآو تیلہٕ کیا زِ درآو"

ہانگلن ترٛووُ شاہ تہ لوٚگ ونہٕ

"یہ جأے چُھ گومُت تمن گٹن ژھارنہِ یمن سرحد اپور فوجی تربیت خأطرٕ گژھن اوس مگر آجہِ وتہٕ چھِ تم پھیرتھ گرٕ آمتۍ ۔ نتہٕ چُھ یہ ماروا تل تمس فوجی نفرس رٹنہِ درامُت یُس فوجی قیدچ گنڈ تار ژھٹتھ دگ تھأوِتھ أندی پکۍ ژپھ دِتھ کتہٕ تام بہتھ چُھ۔"

میوٚن بوتھ وُچھتھ پرٛژھ مےٚ ہانگلن

"ژ ما چُھکھ سُے فوجی قید ۔ ہر گاہ چُھکھ کُنہِ وتہِ نیر شکأری ترأوی نہ کُنہِ تہِ صوٗرتس منز۔ تس چُھ یہ خدشہ زِ ژ ونکھ پرٛز رتہٕ تم سبز باغ یمہٕ سہ چانبن لوٗکن ہاوان چُھ تم بنن کھنڈر تہٕ یمن وُچھتھ لوٗکھ پین پالیس۔ أمس چھُ یہ پے زِ یلہٕ تیلہٕ لوٗکن پزر ننہٕ تمِ کرن پوٚز جہاد۔

ہانگُل اُوس لوتہِ لوتہِ ونان پوٚز بیا کھ اکھ نفر ایُس زن بنہٕ پتۍ کنۍ اوس کھٹتھ

سانہ کتھ بوزان سُہ درأ ولوٚ نگ لوٚ نگ کران تہٕ لوگ وِدنہِ۔

ہانگلاسُہ بد بخت سپاہ چُھس بہ۔وُچھ میأنی حالتھ۔

ہانگلن تر وواکھ ووش۔ چھو کہ لدفوجی وُچھتھ روٗدی أسی اکھ أکس اوٗش وتھراوان وتھراوان، اوٗش تراوان تراوان کتھ کران تہٕ کتھ پھران تہ یِی ونان زِ کیاہ کیاہ گوتہٕ گُدریو سانہٕ رٕنٛشی وارِ۔

سأنی کتھ بوٗزِتھ گیہٕ بیکس کوٗنس منز سُسرأے۔

نارٕ گاشس منز چھ موٗصوٗم بُتھ تہٕ باسان زن تہٕ خطرناک چشموٗ چھان توٚے کنٛی اوس اکھ أکس وُچھتھ باسان زن تہٕ اکھ تماشا چھِ وُچھان۔یتھ منز تماشہ تہٕ أسی تہ تماشہ وُچھن وألی تہٕ أسی۔

یہ نوجوان چھ کالج ترأوتھ أمس شکأری سندس زالس منز پھسٕتھ گرٕ ژلتھ اپور ترنہٕ خاطرِ یور آمُت۔ یہ چھ شکأرِس تمہ وزِ میوٗلمُت یمہٕ وزِ ژوپأری بندوقن ہنز ٹاسہٕ رأے تہٕ بوروٗدُک دٕہ اُوسمُت چھ لوٗکن چھک ژانان۔پتہٕ چھ یہ کوٗٹ وونلہٕ منز پھستھ شکأرس نشہِ ژھبنہٕ گومُت۔ گاٹُل اوس توٚے کنٛی چھُن قدم ٹھہرأوتھ سوچمُت زِ بہ ما چھُس غلط وتہ کُن پکان۔

دہ تہٕ وونٛل روٗزا کھ أکس ءتی دوٗنکھ دونکھ کران تہٕ أمی نوجوانن تھأودگ۔

زوٗنِن اتھن پھوکھ دِتھ بچوس مگر یہ کتہٕ اوٗسُس پے زِ بہ ما ژاس پأنی پانے ٹنڈس منز۔

کوٹھس منز اوس دہ أندی پکی تکر بن ہندی پاٹھی نژان۔فوجی اوس نہ اورٕ یوٚر ہبکان ٹرتھ۔تی أس ہانگلہٕ سنز حالتھ۔توٚے کنٛی گیہ دوشوٕے ٹھوہ ٹھوہ کران مُرتھ۔

نوجوان درأونبر تہٕ بہ روٗدُس اندر۔ بہ گوس أڈٕ وڑھ دارِنش زِتھی زِتھی شاہ کھارانہ۔

''کتھ کتھ گیٔہ بیہٕ کنن ۔۔۔۔'' میے دِاندراژنہٕ ۔اکھ انسان چُھ بچاوُن ۔

ثواب چُھ کماوُن''

''میے دِنبر نیرنہٕ ۔۔ اُکھ ماٗرتھ چُھ بیا کھ پاوُن ۔عذاب چُھ کرُن''

گاش چُھ کرتام آمُت ۔ بہ چُھس ژ بتھ دِوان زِاٗندی پکی چھاوٕنل کنہٕ دہ۔

لوکچار کی پاٹھی باسیوٚ مے زن تہٕ چُھ کانٛہہ مے آلو دِوان ۔ مےٚ یتھے اوٗ نگچہٕ ستی

پنجرس زوٗ دکرُن ہیوٚت ۔اوٗ نگچ لٔج شیشہٕ پٹس ۔امایہ کیاہ ۔ ہرگاہ بہ یتی پننس گُٹھِس

منزٕ چُھس تیلہٕ کمی واتہٕ نووس بہ گوجرکوٹھس منز۔ ہرگاہ بہ راٗتی راتس اوُسس گوجرکوٹھس

منز بہ کمی واتہ نووس یور، امایہ اٗساگگراٗ ے رِکنہٕ اٗندی پکی پھوٚٹ بیہٕ کانٛہہ بم

شیٖن چھ رزورز ووسان ۔ اٗندی پکی چُھنہٕ کیٚنہہ تہِ بوزنہٕ یوان ۔ یہ چھاسہ

وٕنل کنہٕ دہ ۔بیہٕ اکہ لٹہٕ گییم کتھ کتھ کنن ۔

بہ چُھس وٕنل راتُک سُہ اکھ کرشمہ یُس وچھی وچھی صبح قدم تُلن ہیچھناوان

چُھ ۔

بہ چُھس دِہ ۔شیشس تہ موکال کران ۔ پزرس اپزٕ بناوان ۔میانہِن لوٗکن

چُھ یتھ روزُن ۔مبہٕ ستی ہرکرن والین چُھ گلن نتہٕ ژلُن ۔

یِم چھی خام خیال ۔ آبس کُس وایہِ لٔتر ۔ ہوٚہس کُس کرہ زوٗد ۔ ژٕ ڈالکھ

لوٗکن وتھ ۔رتہٕ الم ہاوِتھ تہٕ بہ ہاوکھ وتھ سفید علم ہاوِتھ

بہ روٗدُس شیٖن وُچھان

بیہٕ تہِ بیہٕ چُھم باسان زن تہ چُھ بڈ بب میون سفید فرن ژنتھ سفید صافہ

گنڈِتھ اتھس منزٕ اکھ سفید علم ہیتھ مبہ کُن وُچھان فرشتن ہندی پاٹھی ۔ ☆☆

# أزیٚک نمرۏد

یہ چھ سُہ نفر یٚمِس جنگلی جاناوارن ہندی پاٲٹھی انہٕ گٔتِس منزٕ تہٕ چھُ سوٗرے کینٛہہ بوزنہٕ یِوان۔ توٚے۔ کٔنی چھُ یہ راتس پٔکتھ سحرس پنٕنہٕ تتھ ماتھ جایہ واتان۔ یتہٕ پیٹھ سُہ اکہٕ طرفہٕ پٔتُن گرِتہٕ گرِکی باٗژوٗ چھان تہٕ بیکہٕ طرفہٕ تم گرٕوُچھان یمن گرن منٛز گگر بٔنتھ سُہ گرگگرن لارٕ لار کرناوان چھُ۔

ازتہِ اوس یہ نفر توٗری کُن گژھان ییلہ بٔجہ دیُت نس ناوہتھ آلو۔ أمس چھُنہ نمرۏد ناو۔ دیُل آسہِ ہے، تیٚلہ کتہِ ٹھہراٗوِہے قدم تہٕ وُچھ ہے أندی پکی۔ آلو بوٗزتھ آلو دِنہ واجنہٕ زنانہِ وُچھنٛگ مقصد اوس یہ زاٗنن زیٚیہ تہٕ چھا یتھ عالمس منٛز کانٛہہ یُس انہٕ گٔتس منزتہِ وُچھتھ ہیکِہ۔

أکِس جنگلس منزامہ راٗژ اکھ وٚبھرٕ زنانہ وُچھتھ گوٚ وُسہ گرِ کھنجِہ ہے بنٛگ۔ تہِ کیاز بٔجہ أسی کللبن کٹھبن ہندی پاٲٹھی موٗل تہٕ لنجہ۔ تہٕ گرتھ تہٕ أس سواورٕ یور کران کران۔ یتھ کٔنی کتھ کران زن تہٕ أس ننبدرٕ منزووران۔ بٔڈی أس اتی ودان تہٕ اتی اسان۔ یہ زاٗنتھ زِبٔڈ أس خبر کیاہ فتارتھ ووران، سہ رۏد پکان۔ پوز پکان پکان اوس تس گرگرِ یہ باسان زن تہٕ اوس کُستام أمِس پتہٕ لاران۔ منٛزی منٛزی اوٚسس بٔجہ

ہنٛد اسان اسان وٕ دُن تہٕ وِدان وِدان اُسن ژٕتبس پھ وان۔ تِتھۍ ستی اُسس بجہ ہنز کتھ

تہِ پھیری پھیری اناسیرٕ ڈالان۔

وتھ ییٚلہ زیٛٹھان گییس اَمِس لوٚگ پے زِ سُہ چھُ پننہ ماٹھِ جایہِ نِش دوٗر

گرٛھان تہٕ گرتھ تہِ روٗد پکان۔ اَتی ترسران تہٕ اَتی بشاشتھ ستی کھور پننہٕ زمینہ پٮ۪ٹھ

کھکراوی کھکراوی تتھ پأٹھی بروٗنٹھ پکان زن تہِ اوس پننٮ۪ن فتوحاتن ہنز نشاندہی

کران۔

اما یہ بڈی کوسہٕ اَس؟ تہٕ تتھ علاقس منز یتہِ اکھ وٕڈوٗن جاناوار تہٕ چوٗن چاں

کران چھُنہ۔

یہ بڈی کرسناہ آیہِ؟ تہٕ کیاز آیہِ؟ یہ سوال اوس اَمس پیچہ لاٹن ہندی پأٹھی

پھیران۔ پوٚز تہِ گرتھ تہِ اوس نہ اَمِس یہ کائینات بناون وألس تس پاک پروردِگارس

یا سرشٹھی بناون وألس بھگوانس پٮ۪ٹھ اعتقاد یمی کُنہِ تلہٕ کِس کمِس خاطرٕ تہِ ہوا، آب،

گاش تہ ریزق جایہ جایہ تھومُت چھُ۔

ستھ سمندر، ستھ آسمان، ستھ رنگ بناون وألی سندٕ کھوٚتہ تہٕ اوس اَمِس

مغروٗر فاتحس پننس طاقتس پٮ۪ٹھ اعتماد۔ کیاز سناہ آسہِ ہس نہٕ؟ اَمس چھُ گندکھ ڈبس

سوٚنب اکھ ٹیتھ کرشمأی آکہٕ یمہٕ ستی یہ کُنہِ جایہِ ہتھ تہِ سرسبز جنگلن ژٕنہِ مونگر بنأوِتھ

ہیکہ۔ جاندار کیا چیز چھ۔ یہ خونخوار آدم خور ہیکہ کوٚہن تہٕ بالن تہٕ سوٗر ڈیر بنأوِتھ۔

بُجہ وون نہ کینٛہہ غلط۔ بلاشک چھُ یہ نفر اَکھ زیک نمروٗد۔ اصل ناواَسی تنس

کینٛہہ تہِ۔ دم دیہ نہ تہٕ اِد کیاہ زن کرٕ۔! پوز اَمِس چھُنہ پانس تہِ یہ پے زاز کیاز سُہ

اکھ ترٛھ جأے ژھانڈان یتہِ نہ کانٛہہ اَمِس کھشہٕ ستی ژٕٹتھ، پھشہٕ ستی گألتھ تہ نارٕ ستی

زٲلِتھ ہیکہٕ۔

ژ کہِ چُھ ازیٚہ بجہ ہنٛز کتھ بوٗزِتھ پننہٕ زندگانی منز گوڈنچہ لٹہِ گابریوٗمت۔ توٚہۍ کنٛز پکان پکان ییٚلہ ییٚلہ کانٛہہ پھسرٲۍ چھ کران یہ چُھ گرِ کھنجہِ روٗزِتھ گژھان پوٚز پٔتُن کرشمٲتی آکہٕ اَتھس منز ژٔٹتھ چھ سُہ ٹھاہ ٹھاہ کرتھ اُسناہ ترٲوِتھ بروٚنٹھ پکان۔

وِتھ گیہ زہٕٹھ گژھان تہٕ تِمس ہیوٗتُن باسُن زن تہٕ بٔڈی چھ بٔڈِ پننہٕ وٕتھرو منز کلہٕ کڈِتھ تمۍ کتھ بیٚیہ تہٕ بیٚیہ ونان۔ یہ کتھ اُس نہ کینٛہہ نوٚ۔ البتہٕ آسہٕ اُمِس زہریاپہ مُشتھ گٲمژ نتہٕ ما آسہٕ ہن طاقتہ کِس نشس منز مُشراوِمژ۔ تلہٕ اُس سوے زمین۔ پٮ۪ٹھ اوس سُے آسمان۔ اَندی پکی اُسی تمے کوہ تہٕ بال۔ ہوہس منز اُسی نہ کانٛہہ سرحد انظرِ گژھان۔ اکھ بے زبانۍ پوٚز اوس کُلی لنجہِ پٮ۪ٹھ بہتھ اُمس وُچھان تہٕ زمینہٕ پٮ۪ٹھ اُسی سورَف جوراہ اورٕ یور کران۔

امایہ کوٚت سنا چھس تھٔٹھی لگتھی ووتہٕ مُت۔

یہ زٲنتھ ژاو اُمِس کاڈِبن زِہرگاہ بہ ہوٗن مارنہٕ خاطرٕ بٹن دباوِ بہٕ تہِ گلہٕ ہوٗنِس ہیتی۔

ہوٗن روٗدپتہٕ لاران تہٕ یہ طاقتور نفر روٗدموچھِ منز پٔتن کرشمٲیہ آکہٕ ژٕٹتھ پھرٕٹہٕ تمۍ گژھتھ دوان۔ دوان۔۔۔۔ دوان

ہوٗنی آسہِ ہنبس تھپھ ژھنی مژ ہرگاہ عانہِ وقتس پٮ۪ٹھ ژھنی ہبس نہ جھی دِتھ اَکِس گوپھِ منز۔

ہوٗنی کوٚر گوپھِ نبر اُمِس نفرٕ سُند تباہی تہٕ برباَدی کرنک آکہٕ وُچھتھ

وو پھرأ ے بند۔

بڈٲلِج اسنہٕ تہٕ یہ نفررٕ دفرکھ تراوان۔

گو پھِہ منز اوس اکھ کنو انسان تہٕ تِمس وُچھتھ ٲر ہریو وٲ زِ یک نمرٕ د ییٚہ

اکہٕ لٹہٕ۔

بُجہِ دیُت نس تسلاہ۔ تہٕ وونہ نس ، گابر مہ ، یہ چُھ تمہِ وقتُک انسان ییٚلہ

شیطان اوس کنہٕ پھٔلی لاینہٕ ستی دٔر روزان تہٕ ژلان۔ انسان اوس نہ انسانس ماران

تیٚلہِ۔ سُہ اُوس سبز رُک تہٕ پز رُک زمانہ۔ خطرٕ اوس آدم خورن ہُند تہٕ بچاوٲسی یم کنو و

ہتھیار کران۔

نفرن پرُژھ بُجہِ۔ مےٚ ون تہٕ یہ پاسہِ خدا۔ یہ چھاسہ پٔزی پٲٹھی ٲزی کہ

وقتُک نمرٕ د۔

بُجہِ ترووُس ٹھاہ ٹھاہ گرتھ اُسن تہٕ وونہ نس۔

ژٕ اوسکھ ٲزیک نمرٕ د۔ ووٚنی چُھکھ ژٕ اکھ گوناگار انسان۔ پراران روٗز

یِتی توٚت تام یوٚت تام حشرُک دٕ ہ واتہِ نہٕ۔ یہ بوٗزِتھ باسیو وٲمِس نفرس زن تہٕ

سُہ تہِ چُھ اکھ کنو انسان۔



# انہِ گوٚٹ

ستمبرس منزنہ اوس سرکأری کرفیونہ سِول کرفیو۔ تہِ گرِتھ تہِ کیازِ اوس مند نئے شام گومُت ۔۔۔۔ یہ ننہِ ہے تیٚلہِ ہرگاہ کانٚہہ نفرا نظرِ گژھِ ہے۔ أندی پکی اوس نہ ہوٗن تہِ بوزنہٕ یِوان۔ دۄہلہِ ییٚلہ بہٕ اکہِ کوچہِ نیرتھ بیکِس کوچس منز لوٗکن ہٕند بن درواز ن ٹھکھ ٹھکھ کران اوسُس باسان اوسُم زن تہٕ چھُس بیٚیہ ہٕنِس آبس گنہِ لایان۔ زہراہ أسی لوٗکھ شوٚنگِتھ نتہٕ أسی زأنتھ مأنتھ گھٹتھ بہہتھ۔

شین اوس رزورزو پیوان تہٕ مےٚ اوس وِزِ وِزِ باسان زن تہٕ چھے مےٚ پتہٕ پتہٕ شینہٕ مأنی پکان۔ سندیا یہ وقتن أکِس زٔٹھس کوچس منز پکان پکان روٗدُس تتھ گنٔز پھرٹھٕ تم گژھان یتھٕ گنٔز بہٕ لوکچارس وندس منز ودٕ پیٹھ کأنی گھسنہ وِزِ ہیرن کھسان کھسان گژھان اوسُس۔ تیٚلہ أسی میون فرٹھ گالنہٕ خأطرِ میأنی موج مےٚ آلو آلو دِوان۔ ازتہٕ اوس مےٚ وِزِ وِزِ باسان زن تہٕ چھُکُس تام لوٗ تہِ ونان زِ برۄنٹھ مہٕ گژھ۔ راتنہٕ ٹپأو تھِ یتی۔

ژکہِ اوس نہ آلو کانٚہہ تہِ دِوان۔ البتہٕ اڈٕ دِس مکانس منز کل کل بوٗزِتھ ییٚلہ بہ اندرژاس تمہ ساتہٕ أکس گُٹھس منز کلہٕ نلہ ژادرٕ ولِتھ نفرو چھتھ گوٚوِ مےٚ أندرِم شاہ اندرتہٕ نبرِم شاہ نبر۔ أکِس برأری سندی پأٹھی لوٗ تہِ لوٗتہِ قدم تُلتھ ییٚلہ بہ ژھِپھ

دِنہٕ خاطرٕ کُتھِ پٹھ کُتھِ پھیوٚ رُس تہٕ جایہِ جایہِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ وُچھتھ دم پھٔٹ گوس مے زون یم چھِ تم فرہنگی بندوق بردار یمن پولسہٕ جایہ جایہ تہٕ گرٕ گرٕ ژھانڈان چھ۔ یم ظاُلم تہٕ جابر نار دِتھ مکانہٕ والنس ہند بن اُڈئ دی مکانن منز روزان آسان ۔ تم کتہٕ تراون تس آدمس زندٕ یُس پٔنن گرٕ ژھانڈان ژھانڈان ہیٚیہ سندِس گرس منز ژامت آسہِ۔ بہ لوٚگس پٔنی شاہ گنز ران گنز ران یہ سوچنہِ زِ ہرگاہ بہٕ کھٹتھ روزنس منز کامیاب گوس تیٚلہ تھاوِ بہ نکہِ نکہِ گاشہِ دگ۔ ہرگاہ زوٚ بچوو تیٚلہ ژھانڈٕ بہٕ کوچہِ محلہٕ تہٕ پٔنن گرٕ۔ مے نیٚ گرٕ ژھِ ہے کوچہِ پھیوٚر بہ کتہِ لگہ ہا یتھ تاونس۔ اَکس ہا بتھ نا کھ انہِ گٔتس منز رٔتی راتس اورٕ یور کران روٗدُس بہ کھُٹِتھ منز یہنزٕ کتھٕ بوزان۔

گوڈٕ گوڈٕ نٹان نٹان پتہ پتہ رژھا بے خوف روٗزتھ۔ توٚے کنی یمن وُچھتھ بہ اُجہ راُ ژتاُنی کھوژان روٗدُس تم ساُری گٔیہ نکہِ نکہِ گاشہِ مے وُچھتھ تتھےٚ کنی خوف زدٕ، زن تہٕ بہ اوسُس بندوقہٕ وول۔ تہند ملکنی موت۔ یہ وُچھتھ دِتم پھرکھ تراُوتھ ژیتھاہ زِ مے پزیاہ اُسن کنہٕ وُڈن۔

یمن ساُرنےٚ کتھن منز دراوا اکھ نوقطہِ۔ اکہِ بیالہِ منزٕ چ کتھ۔ اکھ تژھ کتھ یوسہٕ نہ کانٛہہ تہِ چھُ ونان۔ ہرگاہ کانٛہہ ونہٕ تہِ تہٕ تسُند چھنہ کانٛہہ تہِ بوزان۔ مے تہِ بوزیٚلہ ژوپاٚرٕ کی نہ اُسی نعرٕ باٗزی ہُند شورتہٕ نہ اوس بندوقن ہنز ٹاسرٔے۔ امہٕ کنی تہ مازِ یم کتھ چھےٚ رایہ عاما۔

یمن نفرن منز چھُ اڈبو شخصی راج تہِ وُچھمُت تہٕ عوامی راج تہِ۔ یموچھےٚ جلسن تہٕ جلوٗسن منز تہِ شرکت کرمٕژ۔ پوز ازٕ زن تہٕ چھتہٕ گاٗمتی۔

بہ تہِ چھُس کاُشر تہٕ یم ساُری تہٕ چھِ کاُشرٕ۔ یم کم چھ؟

اکھ نفر چھُ پنہٕ وقتک نامور گٮ۪ن گوٚر تہٕ جامہ لاگتھ ژٔن گوٚر۔ أمِس چھُ غم زِ تم دوہ کوٚت گیہ ییٚلہ سہُ بٹہٕ تہٕ مسلمان خاندرن منز ژان تہٕ گوان اوس۔ اسان تہٕ اسناوان اوس۔ یہ اوس گوٚن لہراتراوان تراوان أکس وانہٕ پنجہٕ پیٹھ بہتھ پنٕنی پرزنتھ کرناوِنچ کوٗشش کران۔ أمِس چھنہ پےٚ زِ بازر کیازِ گوٚو بند تہٕ چھگ کیازِ لٔج۔ ژلان ژلان ووتمت یہ ژٔن گوٚر گرُسندی پاٹھی دوران دوران یتھ جایہِ یتکی لوٗکھ نارِ نارے تہٕ مارِ مارے ژلہ نأوِتی چھِ۔ أمِس تہٕ چھنہ پےٚ زِ یہ کُس محلہ چھُ۔ پےٚ لگہِ تہِ کتھ کنی۔ بتھ نہنأوِتھ چھا کانٛہہ پرزناونہ یِوان۔ یہ کوسہ شناےٚ گیہ یتھ سانہِ زٔشی وارِ۔ یہ ؤنتھ گوٚو یہ بچہ کوٚٹ مےٚ گُن وُچھتھ أکِس کوٗنس منز یتھ کنی روٗزِتھ زن تہٕ اکھ ششر گاٗنٹھ۔ دوٗیم نفر چھُ ووٚش تراوان بیٚیہ تہٕ بیٚیہ ونان۔۔۔ خدازانان کیاہ چھُ گرٛھن وول۔ امایہ کُس چھُ یمِ زول سون کتھہ اول تہٕ تتھہٕ تی زوٗلن سانہ ووجوٗدُک ژٔری کوٚٹ۔

ترٛیم تہٕ ژورِم نفر چھِ اکھ أکِس ستی یتھ کنی لارِتھ زن تہٕ پھپرس پیٹھ لاگمژ مہلام پٹ۔ دوشوےبُڈ چھِ اکھ أکِس تھپ گرِتھ ووتھان بہان۔ یمن دوٚن منز اوس اکھ کرتانی سرکأری مکتبہ تہٕ بیا کھ سرکأری پاٹھ شالا چلاوان۔ یم چھِ حأران تہٕ پریشان۔ امہٕ کنی زِ ہرگاہ دیٚنچ تہٕ درچ یہ لڑأےچھ تیٚلہ کیازِ نہ کانٛہہ بٹہ یا مسلمان ونان زِ اختلاف کتھ پیٹھ چھُ۔

پنہٕ نِس پانس تسلاہ دِنہٕ خأطرِ أسی کُنہِ کُنہ وِزِ خلوکھ بہتھ سنتن تہٕ صوفین ہنز کتھ پھران۔ راتھ تہِ أسی یم دوشوے گرِژ بسھِ دراٰمتی تہٕ ڈوچر دِوان دِوان تہٕ پکان پکان لل دبہ ہندی واکھ تہٕ نُندرِیشنی کتھ پھران پھران یتھ ویران جہاتس منز آمتی۔

شیٖن نےٚ لاگہِ ہے یم کتہٕ آسہِ ہن ییتہِ۔ یمن چھ اکھ ارمان۔ دپان ہرگاہ ہکتھ آسہِ ہے یاتُلہِ ہے یمن کانٛہہ مردِ مجاہدا اَٹس یم پھرِ ہن گرِ گرِ تہٕ شہرِ شہر تہٕ ونہٕ ہن لوٗکن بیٚالہِ منزٕ چ کتھ۔ ییتہِ چھِ بیٚیہ تہِ زٕ نفر۔ باسان چھ زن تہٕ چھ دوشوے کتھ تام اہم مسلس پیٹھ گُفت شنید کران۔ ژٕ کہِ چھِ دوشوے کتھ کران۔ زن تہٕ ریڈیوس پیٹھ ییتہٕ ییتہٕ زٕ سٹیشن چلان چھِ۔ اکھ چھ زن تہ ووران۔ ونان چھ قصوٗر وار چھ پانہ خدا صأب (نعوذ باللہ) شیٖن اوسُس تراوُن۔ ترأوِ ہے اکی ساتہٕ۔ پرٛتھ وِزِ کیازِ ؟ ہتا یارٕ یہ کیاہ تماشا۔ کاون کیازِ چھنہٕ ترلگان۔؟ یہ تہِ آسہ ہا کاو۔ کاو چھا کاوس ماران۔ گوڈٕ کیاہ۔ یہ انسان چھ کرالن غلط بنوومُت۔ زٕ کن، زٕ أچھ۔ زٕنکہ وأری۔ اکھا اکھا أچھ گژھ بیٚیہ آسنہٕ۔ سو تہِ اوٗنگجہِ پیٹھ۔ اِدرِ روزِ ہے پکان پکان ژوپأری نظر۔ بڈٕ بلأے چھن یہ یڈٕ تھأو مژ۔ امہِ کھو تہٕ آسہِ ہن اکھ کرٛ را یڈٕ منز تھوومُت۔ پےٚ لگہ ہے۔ سوٚن کوتاہ چُھ۔ خدأےٚ میلیم تہٕ پرزٕھس تراون نہٕ۔ بہٕ زاس تہٕ کُمس پرزٕھتھ۔ مرُن چھ تہٕ فاقےٚ کیازِ۔ بٹہ تہٕ مسلمان آسنہٕ خاطرٕ کیازِ۔ مےٚ کتہِ تہٕ کروون زٕ بہ گژھ بٹہ گرس یا مسلمان گرس منز زیوٗن۔

یہ نفر چھُ باور توے چھ کران اورٕ یورٕ کتھ۔ اما پوٗ زبیاٚ کھ چھ موضوٗر۔ یُس پراران چھ گاش کریٚیہ تہٕ بہ واتہٕ ہاٹوریسٹ سنٹر۔ أمس چھِ یہ فکر زِ ہرگاہ ماٹس پیٹھ وٗتُس نہ تیٚلہ کیاہ دِمہ کالچن عیالس۔

مےٚ وُچھتھ ترہر یمتین نفرن ییٚلہ یہ پےٚ لوٗگ زِ بتہٕ چھُس ٹھٹھی لگتھ یور آمُت تم لگی فرن نربوٗ ستی اوٗش ووتھراونہ تہٕ ونہِ۔ اسہِ وأتی ییتہٕ واریاہ دوٚہ پراران زِ بم وألی ین تہٕ ژھوٗراون یہ نار۔ یمن بم چوکہِ والین چھنا سنا دوہلہ دٕہ تہٕ راتھ کیٚت ریٚہہ

بوزنہٕ یِوان۔ یہ بوٗزِتھ ژٕج باورس تہٕ ودن باکھ نیرتھ تہٕ مےٚ باسیوزن تہٕ أسی سأری اکہِ کنسر وارڈٕ کی مریض۔

گاش چُھ کرتاٗنی آمُت۔ خبر مےٚ کیازِ باسان زن تہٕ چُھ ژوپأری انہِ گوٚٹ یتھ اندکارس تہٕ گٹہ کارس منز کتہِ ییٚیہ مےٚ پٔژن کوچہ تہٕ پٔژن ٹوٹھ گراتھِ۔

☆☆

# آخری فأصلہٕ

بُڈن مُژردأرتہٕ لوٗگ ہیٚیہ اکہِ لٹہ نبرِم حال بوزناوٕنہِ۔ تس أندی پکھ أسی شُری تہٕ زوٗری مأے لأگتھ بہتھ تہٕ کن دأرِتھ بوزان۔ زن تہٕ بُڈ پادشاہ کتھ بوزناوان اوس۔

بچہِ أس نہ یمہٕ کتھہِ بوزنس ہتی کانٛہہ تہِ دلچسپی۔ سُہ أس کوچھِ منٛز لوٗکُٹ شُرءٹتھ براندس پیٹھ بہتھ کمن تام گوٚتن گأمژ تہٕ أس دور سمندرس مُدے گنٛڈِتھ وُچھان زن تہٕ اوس کانٛہہ ینہٕ وول تہٕ سُہ أس تس پراران۔

ہیٚوٚتن ماندواتُن۔۔؟ شُر بو پرُژھ بُڈس۔

"نہ" بُڈن ترٛوو وُوشاتہٕ وونُکھ۔ ژٕ نہ چھِ لڑأی چلان۔ دوشوے چھُ وُنہ تہِ اکھأکی سنٛز تہہ پھٹرأوٕنی یژھان۔ تِتھے پانہٕ وأنی چیٚھ چھِ ژھنان آسمانس پُھ الرن ہش گرژھان۔ تہٕ باسان پُھ زن چھ تھٔدی تھٔدی کوہ تہٕ بال بُنیلہ ہتی چھلہِ چھلہِ ؤسی پیوان۔

"آخر زینہٕ کُس سنا؟" شُر بو پرُژھ ہیٚیہ اکہِ لٹہِ۔ بُڈس گیہ ژھوپہ۔ سُہ اوس پانہٕ تہِ ترٛہن تہٕ ترٛوہن منٛز ہنہٕ آمُت۔ تس اوس نہ پانہ تہٕ فکرِ تران زِ کسندِس حقس منٛز دیہِ فأصلہٕ۔

دونوے أسی چھوکہٕ لدپوٚ زتوتہٕ أسی زن تہٕ ہٕنگن ہرٛٲلدِتھاکھٲ کس زاگہ

''ژٕے کتھ پٔژھ چھے پیژتہہ؟''

''ژٕ کُس چُھکھ مےٚ ہٕنگ ہاوان''

''بہٕ چُھسے دپان زبان رٹھ ژھوٚٹ''

''بہٕ لِتھ وتھ''

''ہاہا۔۔۔ہاہا''

''ہاہا۔۔ہاہا''

''چانہٕ جوأنی پٔژھ چُھم عارِیوان''

''چون بُجر وچُھن گوٚ وصرفَس دوٚ ددیُن''

یہٕ ونان ژھنیٖ تموٲکھٲ کس چیھ رُستم تہٕ سوہرابنیٖ پٲٹھی۔

تلوار وٕستی

نیز وٕستی

گُربن کھسِتھ

ووٹن کھسِتھ

ہستبن کھسِتھ

زرٕبکترلٲگتھ

کورو کھبترٕ کِس مأدانس منز

پانی پتہٕ کِس مأدانس منز

مادانن منز

سکہ شاٹھن پٹھ

سمندری جنگ

آسمانی جنگ

مہابھارت، کالنگا، واٹرلو، تہٕ جنگہٕ عظیم

بندوٗق ٹُلُکھ

توفہ تجکھ، تہٕ روٗدا کھاُ کس پاونٛچ کوٗشش کران۔

بڈٕ اوس وُنہٕ تہِ حاَران زِ سُہ کسندِس حقس منز دیہِ پٔنُن فاَصلہٕ۔۔۔ تہٕ بڈی

اَس تتھےٚ پاُٹھی دم پھٹ ہِش سمندرس کُن مُدے گنڈِتھ وُچھان۔

پلوتہٕ پوشاک روٗدی بدلاوان

اکھاُ کِس پاونٛگ سنز روٗد چلان

جنگی طورطریقہ روٗدی بدلان

جنگ ہمیو ونہ۔۔۔ سُہ روٗد چلان

دوٗنوے لگی اکھاُ کِس پلوژٹنہٕ تہٕ گیہ ننگہٕ۔

بُڈس ژوٗل ٹھاہ ٹھاہ گرتھ اُسن نیرتھ تہِ کیازِ تس بروٚنہہ کنہٕ اَسی دوٗنوے ننگےٚ

۔۔اَلف ننگہٕ

پٔنُن ننگہٕ پان کھٹتھ تھاونہٕ خاَطرٕ وہراُ وتموا پنٕز چ ووٗنل

ژوپاَری تروو کھمنافرتک زال۔۔۔ تہٕ میلہٕ وِ کھیٚیہ۔

مذہبن ہندبن ناون پٔٹھ۔ زاُ ژہندبن ناون پٔٹھ۔ بےٚ کس لوٗ کن قوربان

کٔھ بناُوتھ دوشوے روٗدی زنڈن ژھایہ اکھاُ کِس پٔٹھ ہیٚیہ حملہ کرنہِ

شُری گیہِ بوزان تہٕ بُڈٕ رۄدونان تہِ یہٕ وُچھان اوس۔ تم درایہِ زنڈو منٛز نبر تہٕ ژٕلی ژھپہٕ اکھ اَکِس سندِس گرس منٛز۔ نوٕ نوٕ پلوٗژ ھنتھ نتہٕ جامہ گنڈتھ۔ تہٕ اکھ اَکِس درۄٛت وایان۔ ییٚتی ییٚتی رۄدی کتھ باتھ تہِ کران۔ اکھ بنیو وعالَم تہٕ بیا کھ مسافر۔ تۄپتہٕ مأدان ترأوتھ ژایہ دوشوے کمرن منٛز۔

بُڈٕن ترٛو وپھرکھ تہٕ لۄگ گفتہٕ شنید بوزٕ نہ دوشوٕے لگی مفاہمت کرنہِ تہٕ برباُدی پیٹھ افسوٗس کرنہِ۔

مودر یو مودر یو کتھو ییٚتی اکھ اَکِس ورگلاوان تہٕ ونان۔

''امہ ییٚتی نیرنہٕ کھٔنہٕ۔ جان گو یہ ژٕمان، ژٕ چھکھ اکھ گب تہٕ بہ چھس سہہ بلکہ پادرسہہ۔۔۔ وُ چھ میأنی دند''۔

''سہہ چھکھ نہ۔۔۔ ژٕ چھکھ برۄٛرتہٕ بہ چُھس ہوٗن۔۔ کوچہِ ہوٗن نہٕ بہ چُھس شکأری ہوٗن۔۔۔۔ وُچھ بہ کتھ کنیٚ چُھس گوٚنژھن وردِوان''

''یمن کینژن گوٚنژھ والن وردِنہٕ ییٚتی کیاہ انٛدٕ؟ بوزامہ کھوٚتہٕ بچہٕ گوٚنژھ چھےِ گگرس تہِ آسان۔'' دۄیم ژوُس ٹانہٕ ''مےٚ چھکھ نہ ژٕ گگرتہِ باسان۔ ہرگاہ چُھکھ تہٕ تیٚلہ کیازن کرکھ ژٕ لوکٹہِ گگرا''

''پزر چُھ۔۔۔ ییٚ چھ سہٕ لوٚکٹ گگر یُس اَندی اَندری بجن بجن مندوربن کھوکھر چھ تھاوان گرتھ''

''تِتھِن گگرن چُھس نابہ گوڈٕے سرُف بٔنتھ نبگلتھ ژھنان''

''بہ تہٕ چُھس ناتیٚلہ سہٕ نوٗل یُس صرفن گوڈنی کلہ چھ ژٹان تہٕ پتہ لتھ ٕ ناوان دوشوے رۄدی اسان تہٕ لوتہِ لوتہِ کتھ ٕ کران تہٕ اکھ اَکس کھوژ ناوان۔

مفاہمتھ پھٹٕ تہٕ آیہ چھکنہٕ زن تہٕ سکبہٕ موٚٹھ۔

"تیٚلہ گوٚو بوٗزِتھ کھوٗن" دوٚشوے ؤتھی تھد کوٚرُکھاتھٕ واس تہٕ دراٖیہ۔۔۔

بُڈن وُچھ تموأسی بیٚیہ پوشاک بدلاٲومتی۔

دوٚشوے أسی جود گربٔنتھ، اکھ ژأنِکس پھش پھش دِوان۔ بیاکھ اوٚنگجہِ منز

لأگتھ واجہِ لبوٗ دِوان۔ تہٕ پنہٕ نِس پنہٕ نِس جِنس حُکم کران۔ پنہٕ نٮ۪ن پنہٕ نٮ۪ن کُٹھٮ۪ن منز۔

اکھ زمین دوز بیاکھ آبس منز کُھٹتھ۔

أکی زٕ ٹھرٲوأچھ تہٕ واأژ دوٚیمہ سندِ کُٹھِس منز۔ دوٚیم زٕ ٹھرٲوی کن پٔنز

تہٕ روٗدُ دُشمنہٕ سنز اکھ اکھ کتھ بوزان۔

أکی دیُت پھوٚ کھٕ تہٕ کوٚ ڈُن واو

دوٚیم ترووشاہ تہٕ چھکرووٗن ژوپأری نار

أکی پُر مأنتھرأ تہٕ بنیو وہوٚس

دوٚیم دِژِیتھ تہٕ بنیٚو موہ

ہُسی دِژدِنن تہٕ موہ کھنہٕ خأطرِ روٗد کوٚم بٔنتھ ژھوٚٹس منز کُھٹتھ۔ مہہ بنو پٔنن

پان کوٚرُ تہٕ لوٚگ ژھوٚٹس تچھنہِ۔ یہ وُچھتھ بنیو کوم موختہ فوٗل تہٕ روٗد زاگہِ۔ کس

کس گالہِ۔ بُڈس روٗد عبرتھ۔ تزبُوٗب بلکہ تناوتہٕ۔

بُجہِ تہِ کڈ ووٚٹھ۔ بُڈ سنز کتھ بوٗزِتھ نہٕ بلکہ تمی وُچھ سمندرس منز دوٗرِ اکھ ناو

پانس کُن یِوان

شُری أسی یہ کتھ مزٕسان بوزان۔ زن تہٕ تمن بروٗنہہ کنہٕ کانٛہہ پرأنی پادشاہ

کتھ بوزناوان اوس۔

جوان مردتہٕ زٕنہٕ آسہٕ بُڈس کُن عارہیتیو چشموٗ چھان۔

بُڈس اوس پےٚ زِ کو کریم موختہ پھلی کھوٗان چھ۔ سُہ چھ گنڈُ کھتہٕ شوٗر۔ اما

پوٚ زکو کُرگو کھوٗان تہٕ خوش گژھان۔

کو کرس باسیو ویڈ چارہیو۔ تُمۍ دِژ دنن تہٕ بنوٗ ون پنٕن پان بیٚیہ انسان۔ بم

پھٹ تہٕ خلق گیہ مُرتھ

جنگ گوٚ وبیٚیہ شروع۔ ٹاس پٹاس بدلہ گیہ دھماکہ۔ یہ وُچھتھ پیو بُڈس یاد

دوٚیم جنگ عظیم۔ اما یہ ماچھ تریم جنگ عظیم۔ اسہ ماگژھ تی زن تہٕ ہیروشیمہ ہُک

شہرنہ تہٕ ناگاساکیک وجوٗد۔

موختہ پھوٚل بنیو وبیٚیہ انسان۔

''یہ گیہ ترٹھ۔۔ یہ گوٚ وقہرِ خدا'' بُڈن دِژ کرکھ

''نہ۔۔ یہ گوٚ وقہر آدم ''بُجہ دیُت نس جواب۔ جوان مردتہٕ زٕنیو دِژ

کرکھ۔ جنگہ عظیم چھا؟''

''پوٚ زلوکٕٹ شُری روٗدتھے پاٹھۍ اُرتہٕ پاٗرگرتھ بوزان

جنگہٕ ستۍ موٗدی دہ لچھ لوٗکھ۔ اکھ کرکھ آیہِ وُڈان وُڈان اُتھی کُٹھس منزٕ تہٕ

ساٗری مردکیوزٕ نہ ترہرےیہِ۔

وُنستام موٗدی جنکس منز ژووٗہ لچھ لوٗکھ۔۔۔ نہ۔۔۔ نہ۔۔ دہ ارب

پنچ۔۔۔ نہ۔۔۔ نہ باسان چُھم کُنہِ روٗدنہ کانٛہہ

گام گیہ تباہ

شہر گیہ تباہ

درُس ملک گو ختم۔ زن تہ اوسے نہ

نہ روٗز سلطنت۔ نہ سُلطان

مرن والین ہُند کفن دفن تہٕ داہ سنسکار کرن وول روٗد نہ کانٛہہ۔ ژواپآرۍ

اوس یا خاک سیاہ نتہٕ نار۔

آخر زیٛون کُمۍ؟۔۔۔کوروو کِنہٕ پانڈوو، ہٹلرن کنہ سٹالنن، روسن کنہ

امریکہن، یا تیٛلہ چینن، ہندُستانن کنہ پاکستانن؟ بُڈن تروو وہشا۔ پۆز بُجہ دِژ

کریکھ۔

ؤتھیو۔۔ؤتھیوژ یرگو و۔۔۔سُہ آو۔۔۔بُڈھس پیٹھ ووت۔۔۔" یِی ونان

ژھنیٚ تمۍ دۆن شُر بن تھف، اَکِس کورِ تہٕ اَکِس لڑکس تہٕ ترآون کُنی دور۔

"اسہ کوٚرسنا چُھ گرٛھن؟"۔۔۔دوشویو شُر ہو پرُژھ بُجہِ۔۔بُجہِ وونکھ نہ

کینٛہہ۔سوٗ گیہ دَو ٹُلتھ تہٕ رلییہ تتھ کاروانس ستۍ یتھ منز ژ رتہٕ ہأر، گُر تہٕ گُپن۔سہہ تہٕ

گَب یکہ وٹہ اَسۍ بُڈھس کُن دوٗرتھ ناوِ منز جائے رٹنچ کوٗشش کران۔

بُڑ روٗد اتھ کاروانس وُچھان تہٕ سونچان۔اما یتھ قہرس منز تہٕ کتھہٕ کنۍ چُھ یہ

خداصابنۍ مخلوٗق وُ نہ تہِ شاہ ہیوان۔

تس اوس اَندی یکی فقط دِہ۔تمۍ دِژ آخری کریکھ۔اما پۆز اوُر آس نہ جواب۔

ژ کہِ آس ساری بُجہ پتہ پتہٕ گامتۍ۔

یہ اوس تسُند فأصلہٕ تہٕ خداصابن تہِ اَخری فاصلہٕ۔



# بۄدنابۄد

امایہ بیول کیازِ پھرٕتمٕ گومُت۔ کتھ سناپٔٹھ؟تہٕ کمہٕ خاطرٕ۔؟مےٚ باسان یہ بیول تہٕ چھ میانٔی پاٹھۍ انہ گوٚٹ وُچھتھ دم پھٕٹ گژھان۔زانہ ماٚ لک یہ کیازَ پزٕرچھ یہ زِمےٚ اوس رات تامتھ وٕہرار زِمےٚ کیاأمس ہتے۔یہ تہٕ پانس بتہٕ پانس، کُس تہٕ کُس۔کُس تہٕ کُس مےٚ کیا!

یمہِ کنٕ دِلس ہیرٕنم دُبراٚے گژھنہٕ توٕے کنہٕ زوٚنم یہ بیول نے چھ کانٛہہ ووپر۔ژکہِ چھ یہ بیول تہٕ تی یہِ بہٕ چھُس۔ توٕے کنہٕ باسیوم وُچھتھ اوٚن لاگُن تہٕ بۄزتھ کوٚل لاگُن چھُنہ واٚجب۔

بیاٚلیا۔۔۔ مابانبر۔۔۔ بہٕ نا چھُس کانٛہہ ووپر۔۔۔ بہٕ تہٕ چھُس پنٕنہ ملجہ ہندس شُر بانس منز ژٕے ہیوو اکھ بیول۔ مےٚ چھےٚ نہٕ پےٚ زِ بہٕ چھُ ساںٹہ کنہٕ مُسلمان۔۔بہٕ چھُس اکھ انسان۔

ژٕ وَنتم ژٕ کُس چھکھ؟ ٹنگہٕ بیول۔ترٛیلہ بیول، مُجہ بیول، گوگجہِ بیول، کنہٕ دٕرتر بیول یاسو یہ بیول۔۔؟نہ با۔۔۔۔چوٚن یہ پھرٕتم گژھن چھُ ونان زِ ژٕ چھکھ نہ کانٛہہ یزاہ دیُن وول بیول۔

مےٚ کیاہ باکوٚرکھ ژٕ سخ خوش۔تہٕ ژٕے؟۔کتھ کرو۔ماگژھ مےٚ وُچھتھ

حاٗران تہٕ پریشان۔ چون وُنی چھ پننہ جایہ درُست۔۔۔۔ آٹھیک وونتھ ژےٚ۔ از کل چُھ شیطان نوی نوی رٚکتھ بدلاوتھ نوِ نوِ موٗرٕ ژٕ بناوان۔ مگر بہ ناچھسے سُہ، پڑھ کر، پڑھ کر بیالیا۔ میانہ بیالیا۔

چون شک کرُن تہٕ چھ پننہ جایہ ٹھیک۔ بلاین چھاہنگ۔ گوسُہ وخ، ییٚلہ ونان اٗسی زِییٚلہ قیامتھ ییہ تیٚلہ پھٹہِ زمین۔ کوہن لگہ نار۔ آب دزِتہٕ وٚتھن منز پکہ رتھ نتہٕ تیوٚ نگل۔

یہ چھکھ ژٕ تہِ ونان تہٕ بتہِ ونان۔ تو پتہ زن کیاہ گوٚ وتیٚلہ ییٚلہ کاٗنسہِ ہُند وجۆد روزِنہٕ۔ تیٚلہ نہ روزِ ظُلم گارتہٕ نہ آسہِ کُنہ کانٛہہ مظلوٗم۔ غلط ماوونُم۔ ترأوتہٕ تیٚچ کتھ۔ ماوٗ چھ ہیوٚ رگُن۔ یوٗرگُن وُچھ۔ یہ گوجان وونی کروباٗے بارِنی کتھ ژومبرٕ۔

ناژتہِ کرکتھا۔

کیا۔۔۔۔کیا۔۔ بڈٕ پہن۔۔ بڈٕ پہن۔۔۔۔ ژٕ چُھکھاہ میانہ کتھ بوزان۔۔۔؟ ہرگاہ بوزان چھکھ۔ تیٚلہ کیازِ چھکھ کھوژان۔۔۔ کیاہ چھکھ ووران۔۔۔ کمی وُنہ نے یہ پھتارتھ۔ یمی یہ وونُے۔ غلط ووُنے۔ ہتا چاریاہ تہٕ پھیاریاہ۔ سری لیس، زوٗنہ تہٕ تارکن کُس بلایہ ہکہ ننہنگلاوِتھ۔ ہرگاہ ترٛ ڈھ کانٛہہ بلایہ آسہِ ہے۔ ژٕ ے کیاباسان سُہ براہ ہی ژےٚ۔ یامےٚ؟

آفتاب۔ مہتاب، تارکھ پوٗنی، کوہ، جنگل، شین تہٕ ہوا چھ ساٗری موجوٗد۔ لیس خداصاٗب بوٗدتھاوِسہ کتہٕ چُھ نابوٗد۔

ژٕ چُھکھ کھوژان۔ اتھ اٗنہ گٹس یُس ژےٚ اٗندی پکُی چھے یِوان لبنہٕ۔ وُچھتہٕ ووت سے نادادس۔ بوٗے چُھسے ناتوٕ ے۔

بیالیا۔۔۔۔میانہ ٹاٹھِ بابا، بوز ، تہٕ بوزِتھ آس ''آ'' نتہ ''نا'' کران۔نتہٕ باسیم زِ بہٕ چُھس پانس سٟتۍ کتھ کران۔ باورن ہندی پاٹھی۔

بوزان چُھکھا؟ یہ گوٚو رُت۔۔۔ سبٹھاہ جان۔۔ بوز۔۔۔ ہتہِ اوسُس اکہٕ وختہ انہٕ گٹس سخ کھوژان۔ کتھ چھِے پرٲنی مگر باسان چھم زن تہٕ کالک ہتہٕ۔ بہ اوسُس تیٚلہٕ اکھ مجاہدا۔ تہٕ زن اکس پھانسہ کوٹھرِ منز۔ سحرس ژاو گاش وولہِ کنۍ تہٕ مےٚ باسیو۔ زہراہ ما آسہِ آزادی میچ منٛز۔ بہ گوس خوش۔ رژھا گیہ تہٕ گوٚوانہٕ گوٚٹ ییٚہ۔ مارِ واتلو تراوِکرہنہِ ٹوپہِ گلس تہِ گوٚو بیٚیہ انہِ گوٚٹ۔ یہے قصہ وونم ماجہِ تہٕ تٕمۍ وونم صبر کر، قرار کر یٚیلہ اچھ مُژراو کھ۔ پرہزلوٚن نب وُچھتھ ٹُلکھ ووٹھہٕ۔ روو بوز کھ تہٕ چکھر تہِ۔ گٹہٕ ژج تہٕ گاش آو۔

اوہو یہ کیاہ واہ وا، ژیےٚ تہِ ہنٛز تھاہ ووٹھہٕ ٹُلنہِ مگر ژیےٚ کیا زِ ژایی نٹھ نٹھ۔ گونا یہ چاٲنی نٹھ نٹھ چھِ ژکہِ چاٲنی ژھرٹہ ژھرٹ۔ اچھا۔ اچھا توٚ رُم فکرِ۔ گوللن ہنٛز آواز تہٕ لوٗکن ہنٛز کرکہ بوٗزِتھ گاوریوٚ کھ۔۔ ما گابر۔۔ یم چھِ انقلابن ہندی نعرِ۔

افو خدایا۔۔ بیٚیہ سوے انہِ گٹ۔ ژیےٚ وُنہ مییے مےٚ وِزِوزِیہِ انہٕ گٹ کوٹھرِ نہ چھ زندان تہٕ نہ چھ کھنڈر۔ یہ چھ یاتہٕ میانہ ماجہ ہُندِ شری بانہ نتہٕ زمینس تل سوئیژ پاو یتھ ژم نالہٕ موٚت گرتھ چھُکھ ہیتھ میٲنی پاٹھی۔ مان تہٕ ژتہِ چھُکھ ماجہِ ہندِس شر بانس منٛزے۔

آویہِ قرار ہیوٗ؟ بے عقلا۔ یہِ چھِ شری بانٛچ انہِ گٹ۔۔ ما بانبر۔۔ پرٲر۔۔۔ بہ ونے یٚیلہ کوٗکر بانگ دیہِ زِ میانہ بھابا۔ گاش ہوآو۔۔ ژ ونی زیم۔۔ اچھ مُژراو۔۔ پتہٕ وُچھو اسی پرہزلوٚن نب۔۔ اختاب کراسہِ وُشنیر۔ زن تہٕ لوگنگ

رفلک پھرن۔

بیٛالیا۔ اکھ دوہ بیٛلہ ژ آسکھ بوٚڈ کُل۔ لنجہِ ساسا آسی۔ لنجن پیٹھ آسی میوٚہ۔

تہٕ میوس اندر چون بیٛول۔ تیٛلی پاوٕے یاد۔ بیٛالیا ووٚنی ماکھوژکھ انہٕ گٹس۔

گاش آو۔ مےٚ دِژ کرکھ ۔۔ گاش ہو آو۔ گاش ہو آو۔ بیٛالی دیُت نہ

جواب۔ نہ گوٚومےٚ اَندی پکھی کُل نظرِ۔ امایہ کوٚت گوٚو۔ یہٕ بانبر یوٚس۔ یہ ماوُسس

رأتی راتس پأنی پانس ہتی کتھ کران۔

کوکرو چھِم ٹوٗلن پھاہ دِوان۔ تہٕ وبسر یمِژ ہِش نبس کُن وُچھان۔ مےٚ تہِ

وُچھ بنس کُن تہٕ اتہٕ وُچھم گانٹھ۔

زمین کُن پیٛیم نظر تہٕ وُچھم اتہٕ وٹھ تہٕ پوٚٹھ خبر کتہِ پیٹھ آمُت کروہُن کاو۔

اَکی کاون نیوٗمُت یہ بیول دِگ دِتھ کڈِتھ تہٕ نبگلومُت۔

کنن گیٛیم آواز تہٕ زونُم بیول اوس بیٚیہ انہٕ گٹس منز کھوژنچ کتھ کران۔ یہٕ

ونہٕ ہس کینہہ۔ مگر ماجہ میانہ دیٛتنم اَسس تھوٚپ۔ تہٕ لُج ونہٕ۔ اَمِس بیالس گوٚوچھان

ماجہ ہندٕ شُری بانہ منز کوٚڈ آ گرپچھنہِ تہٕ ترُون چانہ یڈ منز۔ یہ انہٕ گٹ گیہ پھانسہ کوٚنچ

اَخری انہٕ گٹ۔ شُری بانک انہٕ گوٚٹ نہ۔

مےٚ دِژ کرکھ ۔مےٚ تراو۔ یہ بیول چُھ مےٚ بوے۔ یہ پھہہ اَمِس یڈ۔ شکم

کرس چاکھ۔

میانہ ماجہِ تھووپُن اتھِ میأنس چانٹس پیٹھ تہٕ وونم۔ ووٚنی دی ہم ناخیمن

منز تہٕ روزنہ۔

☆☆

# یہ گُس اوس

دوان دوان چُھ مےٚ ہیوٚ رہو کھان ۔ فرکھ کھسان ۔ زنگہٕ ٹٲن ۔ پوٚ زتہِ گٕرتھ چُھس نہ بہ قدم ٹھہراوتھ تھکھ دِوان ۔ تہِ کیازِ اکھ اکھ قدم برۄنٹھ پکان پکان چُھ کینٛہہ پرانہِ کینٛہہ نوٕ کتھٕ ۔ قصہٕ ۔ وٲردات، حٲدثات تہٕ واقعات تتھے کنٕ ژتٕس پیوان ۔ یتھ کنٕ کتابہ ہندٕ ورق پھیرتھ چُھ موٗ ٹھمُت سبق یاد پیوان ۔

زیادٕ دوہ گیہ نہ تتہٕ ۔

یہ اوسُس دریاوٕ بٹھِس پیٹھ سبٹھاہ پرانہِ اڑٕ دزٕ بونہِ ہندِس کھوکھرِس گوڈس مژٕ گھٹتھ روزِتھ پراران ۔ کانژھاہ ییہ ناپیٲرٕ تہٕ میون جان بچاوِ ۔ یہ ٲس میأنٕ آنتہٕ گی ۔ تہِ کیازِ مےٚ اوس پیہٕ ژلن وٲلی ٲسی ژلہٕ متی تہٕ گلن وٲلی آسی گلی متی ۔ ہرگاہ اوس تہِ کُنہ کانٛہہ سُہ آسہِ کانٛہہ گوٗر باوایُس جایہ جایہ آسہ کانٛہہ اڑٕ دود مورداہ کھبنہ خٲطرٕ ژھانڈان ۔

میون اندازٕ دراو غلط ۔ ییٚلہ بہ کوٚڈنس بونہِ مژٕ تمی کرالن یُس نارٕ نارٕ ترٛٹہ بوٚ زنہِ برۄنہہ صبحہ شامہٕ لوٗکن ہندٕ بن برن ٹھسرٲے گٕرتھ کربکہ دِوان ۔ خلقو ! قیامتھ ہا چھو ینہ وٲجنہٕ ۔ ژلیو تہٕ گلیو ۔ ۔ ژلیو تہٕ یتہِ نیرِو ۔ لوٗکھ کیاہ بتہٕ اوسُس ونان ۔ کرال بچوٗ رچُھ باورٕ گومُت ۔ زہرامہٕ کنٕ زِادربن بانن چُھس رودٕ ہتی رب گأمژٕ ۔ ترٛژٕ کوندٕ

چھس یخ گاٚمژ۔۔ تمِس اوس یہ پے زِ پزی پاٚٹھی ماگرٕ تھٕ اٚکسی دوٚہس منز تلک پیٹھ۔ ژوپاٚری اٚسی تنگل تہٕ سورٕ ڈیر۔ انسان یا حیوان کیاٚ کُکلہٕ تہٕ کوتر تہٕ اٚسی نہٕ نظرِ گژھان کُنہ وتہِ۔ یہ اوس تی یہ ساٚنِہ بُزرگن قیاٚمژ ہُند تصوُر اوس تہٕ کرال تہِ اوس پننہ خاٚنک حوالہ دِتھ کرِتھ دِوان دِوان ونان۔ کولہٕ ہوٚکھن تہٕ پوٚپ فصل دِزِزن تہٕ دانس منز لشہٕ ہیچہٕ۔ کرالہ کوٚ ندٕبن منز دِزن کرالن ہنز گرہٹہ ژرچہِ۔ سُہ روٗدونان تہ کانٛہہ تہِ اوسُس نہ بوزان۔ بہ تہٕ نہ۔

بوٗزمُت ہے آسہ ہمہ بہ ماروزٕ ہاٚ چھ پھری پھری دریاوُک گتھ وچھان۔ مُنزی اوسُم جیرٕ یِوان زِ بہ دِمہ کولہ ووڈھ تہٕ کرٕ پاٚنی پانے زندٕ زووے پننہ اسرٕ کہٕ دریاوکین گتھن حوالہ۔ حالانکہ یہ اوسُم زوٗن زِ خودکشی کرٕنی چھُ اکھ پاپ۔ پوٚز اٚمپرِ تھ مرنہ کھوٚتہ چھُ ناجان۔ یہِ چھ پزٕ زِ مےٚ اوس پنُن پان بروٚنٛٹھے لتس فرشتس حوالہ کوٚرمُت یُمہِ سُند بُتھ انہ گٹہ اوس کھٹتھ تھووُمت مگر اٚمِس وتہٕ ہاو کہٕ سنز موجوٗدگی ہُند احساس مےٚ واٚنجہ گاشہٕ لبنہٕ یِوان۔

کراٚلۍ چھتھ لوٗگ مےٚ پے زِ وتہٕ ہاوُک اوس سوے کرال تہٕ اٚمۍ اوس ژلن والین اتھِ روٗٹ کوٚرمُت تہٕ انہِ گٹس منز بیٹری، شمع، تیلہ ژوٗنگ، لالٹین۔ لشہ ہٹٕ تہٕ گندکھ تج ژالنہ نہ دِنک مقصد اوس یہ زِ زاگن وول تہٕ پتہ لارن وول ماوُ چھِ ژلن والین۔

ژوپاٚری اوس نہ ستھ تہٕ نہ صدا۔ کرالن نہ پرُژھ مےٚ کینٛہہ تہٕ نہ ووٗنُس مےٚ کینٛہہ۔ مےٚ اٚس گلہِ زبو گاٚمژ۔ خبر کیاز اوس کرال تہِ دم پھٹ۔ تہِ کیاز تمِس اوس پےٕ زاکھ بُڈٕ ہاٚنز چھُ پننی بہژ ہٹتھ یارٕ بلی بُٹھ بُٹھ پکان تہٕ یتہِ کانٛہہ انسان، حیوان یاوُ ڈوٗن

جاناوارُو چھان تس چھ بہژ منز بہنأوِتھ برۄنٹھ پکان۔

کرال یِتھے غاًب گۄو مےٚ گیہ بہژ نظرِ۔ہأنزن رۄٹ نم تہٕ مےٚ ژٕھنٛی اندر ووڈھ۔ بہژ روٗز پکان تہٕ بہ رودُس ہمہ چٕ تُلچ تہٕ آنٛچ ٕسر اے بوزان۔

وچھِہ کتھ اَسی یہ زِ بہژ منز یُس تہٕ اوس سُہ اوس نہ کتھ کران۔ نہ کینٛہہ منگان نہ زل مل کران تہٕ نہ کتھ کران۔ بہ رودُس اَندری اَندری سوران تہٕ ژبتھ دِوان زِیا تہٕ چھِ یم ساَری موٗدی متی یا چھِ ساَری بے حِس۔ بے ہوش نتہٕ چھِ شوٗنگتھ۔ میانین سوالن جواب دِنہٕ وول اوس نہ کانٛہہ تہِ یتہِ۔ توے کٔنی پییہ مےٚ تہِ ترٛ ھ گوٚب بندر زِمےٚ لوٚگ نہ یہ پے زِ اَسی کرلگی بُٹھس تہٕ یہ کُس جاے چھِ۔

گاش آو تہٕ بہ دراس بہژ نبر۔

یہ اوس اکھ ووجارٕ ماَدانا۔ پوٚز کُنہ زمینی یا آسمانی جاناوار اوس نہ نظرِ گژھان۔ اَندی پکھ اوُسس فقط آب۔ زہرااوس یہ اکھ بوٚڈ سر۔ستی سر ہیوٗزن،نتہٕ وولر سر ہیوٚو۔

ہأنز تہِ اوس شوٗنگتھ۔ توٕ کٔنی کھوٗتُس بہ بُٹھس پٹھ تہٕ رودُس پکان۔ پکان تہٕ وُنہ تہِ چھُس پکان۔

ییٚلہ بہژ میانہِ نظرِ وڈٕج مےٚ گوٚو اکھ خوش یوٗن سبزار نظرِ پوٚز ہیوٚ رتر کرنہٕ خأطرِ ٕگییم نہ کُنہِ تہٕ آب جو یاہ نظرِ۔ البتہ گیم جایہِ جایہِ کرالہ کھوٚڈ تہٕ مسمارٕ گمژ کرالہ کوٗندِ نظرِ۔ اما یہ چھا کانٛہہ کرالہ گام۔ ہرگاہ چُھ۔ کُنہ کانٛہہ چھُنہ نظرِ گژھان۔ تامتھ گوٚو اَکِس پلس پٹھ بہتھ اکھ ژھوٚٹ انسانا نظرِ۔ اَمِس اَسی کلس پٹھ ہارٕ ٹوٗپۍ۔ یہ وُچھتھ زون مےٚ یہ چُھ تیچھ۔ مے کڈ ووڈھ تہٕ کیا زِمےٚ اوس ماجہ وونمت زِ ہرگاہ اَمِس

دِمونہ کھڑ ریہ چُھ تھپھ دِوان۔ پتہٕ اوسنم وونمُت ہر گاہ کُنہ ژھلہٕ اُمس یہ ہارِٹوٗپ نِنہٕ یہٕ یہ چُھ غولام بنِتھ کینِہہ تہِ کران۔ تہٕ زن گوٚو یہ حکُم کرِ ہوس تہِ چُھ یہ کران۔ یہ مائنتھ زِ یہ ٹوٗپِ چھےَ اللہ دیُن ژونگ، مےٚ دوٗپ دِتھپھ تہٕ نہِ یہ ٹوٗپِ۔ یا ہورنتہ یور۔ ٹوٗپِ ہر گاہ میچ۔ یہ کرن اسہِ برباد کرن وول یمہ ربشہ وارِ منز کڈتھ تہٕ تراون جہنم کِس نارس منز۔ یِی سونچان سونچان دِژمےٚ تھپھ۔ پوٚز یہ وُچھتھ زِ یہ انسان اوس سورُک اکھ مجسماہ۔ مےٚ ژٕج کھور وتلہٕ مژ نیرتھ تہٕ گوس پھرٹی تمی۔ یِی گوم گاڈٕ بتہٕ کھنہ وٲلس دیُنہس وُچھتھ۔ باسیوم نارُک جوش چُھ یوٗرتہِ ووتمُت۔ توی کنِ چُھ سون پاسک در تہِ ڈٕ زتھ سوٗزِ گومُت۔

بہ ما پھیر ہاہ واپس ہر گاہ مےٚ اکھ آلو گرژھہٕ ہے نہ کنن۔ یہ اوس کرال نکھس پٹھ پٔنِن گرٕتھ ژرِٹی تھاٗوتھ مےٚ آلو آلو دِوان۔ یہ کرال اوس نہ سُہ کرال یُس اسہِ اوس برٹھاسان بلکہ اوس یہ سُہ کرال یمِ زن وار یاہ کال بروٚنٹھ اکھ خاب وُچھمُت اوس۔ اُمی تہِ اُسی برٹھاسی ٹھاسی پننہ گرِ کِبن زِٹبن لوٗکن زارِ پارِ کوٚر مُت زِنگر گرٕژھ آبس تل ژٕلیو۔ ژٕلیو۔ ژٕلیو۔

لوکو وون کرال چُھ فائتر نتہٕ باورِ۔ ژکہِ اُس قو درتس پننی کأم کرنی۔ کرال دراو پہاڑس کُن تہٕ اڈِ وتہِ دِژن پوٚت نظر۔ نگراوس پھوٹمُت تہٕ وولرسر بنیو مُت۔ کرالنی گربٕتہ ژرِٹی اُسی اُڈ سونہ سنز۔ ہر گاہ سُہ پوٚت نظر دیہ ہے نہ تیٚلہ آسہِ ہے سأری گرٕتہ ژرِٹی سونہ سنز بنِتھ گامژ۔ یہ وون مےٚ اُمی کرالن پأنی پانے۔

یہ جأے اُس زہر اسوے جاہے۔ پوٚز اُمِس کرالس اوس نہٕ تمیک کانٛہہ تہِ افسوٗس۔ اُمِس خدا دوستس اوس یہ وانجہ پٹھ بار۔ لوکو ہر گاہ تمہَ وِزِ تسنز کتھِ بوزنہٕ

یمہٕ وِزِ کیاہ گوکھ۔ یہ رودُس بوزان بوزان زن تہٕ تواریخ ہندۍ ورق پھیران۔

مےٚ باسیوزن تہٕ میوٚل اَکس بیابانس منٛز رأ وِمتس مسأفرس اکھ رُت ہم سفر۔ییٚلہ اَسۍ اتھ واسہ پتہٕ نالہ موٚت کوٚر۔ اَسۍ دوشونی باسیوو زن تہٕ او برس منٛز خوش ییوٗن سوٗنتھ۔

اَمِس کرالس تہٕ اَس نہٕ یہ پتاہ زِ یہ کوسہٕ جاے چھ۔ پوٚز اَمِس اوس اکھ ارمانا زِ یہ بناوِ ہے اِکتر یو بانہ۔ بچہٕ بچہٕ مچہٕ۔ یمن منٛز دانہٕ تھاونہٕ خاطرٕ کاشکار داند وایہ ہے۔ تھل لاگہِ ہے۔ نبذ کرہے، فصل لونہِ ہے، چھومبہ ہے تہٕ پھوتبن منٛز برتھ، مچن منٛز تھأوِ ہے، مچہ روزٕ ہن بانہ کوٚٹھبن منزتہٕ بانہ کُٹھبن ہنٛزٕ کوٚنزٕ روزٕ ہن بچہ ماجہِ اتھِ۔ بڈٕ موج کھباوٕے عیالس۔ عیالہ آسہِ ہے خوش تہٕ خوش حال۔ اَتی آسہِ ہے روٗدتہٕ اَتی آسہِ ہے تاپھ۔ اَتی تپش۔ اَتی شہجار۔ سبز راہ پز راہ تہٕ پُرسکوٗن زندگیاہ آسہ ہے۔

اَمِس کرالس چُھ ووتمت واریاہ کال یِی کانچان۔ پوٚز یینہٕ اَمۍ سُند نگرآبس تل پھوٚٹ تنہٕ چُھنہ اَمِس زانہہ تہٕ اتھِ کھوٚرلوٚ گمُت۔ گراہ چھ قہرِ خود ہٕک تہٕ گراقہر آدٕمک شکار گوٚمُت۔ پوٚز ساننِن گرن ہنٛز ریٚہہ وُچھتھ چُھ اَمِس زن تہٕ اَ چھر وال تہٕ دٕ دی مِتی توٕے، کنٛی چھ اَمِس پھرٹھ زِ۔ یتھ کنٛی تمۍ سُند نگر گوٚ وآبس تل میون نگر ماگرٕ ھِ سورُسی تل۔ یتھ کنٛی اَمِس سوٚن اَستھ تہٕ اکھ بتہٕ موبذتہٕ اکھ تریشہٕ گلاس میلان تتھے کنٛی ماگرٕ ھِ میانہ نگرٕ کس کرالس۔

ییٚلہ نہ کرالس تہٕ میٚلہ کینٛہہ مےٚ کتہِ میلہِ شاہ کھأرنہٕ خأطرٕ ہوارٕ ثھا۔ مےٚ گوٚ وِی سٕنتھ۔

کرالن ژیوٗن میون دودامہِ بروٚنہہ زِنٛہ دیہ ہے مےٚ تسلاہ اسہِ بوٗز کتھ کتھ

کرالس ژٕج کربکھ نہٕ تھ۔ شیطان ووتاہ یوٗرتہٕ۔

یہٕ ونان ونان لگی اَسی راہ دار گُرسندی پأٹھی دوٚ نہٕ۔ اَسی اَس کُنہ وتہٕ

یژھان بہٕژِنش واتُن۔ پوٚز ووتھ گیہ زیٹھان تہٕ کتھ کتھ روٗزاسہٕ پتہٕ پتہٕ لاران۔

اکھاوس ونان فقط زٕ نفر۔

بیاکھاوس درجواب ونان۔ آدم اوس کُنےٖ۔ یم چھ زٕ، گاٗلنی پیٚن۔ یہ بوٗزتھ

گٔیہ اسہٕ ترٛٹھ حالتھ یژھ وٗزملٕ وُچھتھ گرٛبن چھہِ گرٛژھان۔ اَسی روٗدی دوران۔ دُہلی

گاشس منز اَکِس پونپرس وُچھتھ تس پتہٕ پتہٕ لاران تہٕ روٗتلہٕ اَکِس جُگنوہس پتہٕ

پتہٕ لاران۔ دوران دوران زانہ قو درتھ پونپر تہٕ جگنوٗ گیاغأب کنہٕ اسہٕ سوریوٗ اَچھن

گاش۔ کرال کوٚت گوٚ وےٚ چُھنہ پیےٖ۔ پوٚز مےٚ چھے زنگہٕ ٹان تہٕ شاہ لرزان۔!

امہٕ بروٚنہہ اوس نہ کاغز ورقس پیٹھ کہنی تہٕ لیکھتھ۔

ڈاکٹرن دِژ یہ چِٹھ تہٕ مریض سنز مرٛنچ سرٹیفیکیٹ پولسہ افسرتہٕ وونہٕ نس زِ

مرن وول اوس زہراہ لیکھاری تہٕ مورخ۔ تہٕ کیاز کوماہس منز گرٛژھنہ بروٚنہہ اوس یہ نفر

تواریخی واقات، حاٗدثات، صدمات بڑٕ بڑٕ اوان۔ شفا خانہ نبرٕکنی اَسی سسرگوسرٕ کرن

واٗلی اکھاَکِس پرٛژھان یہ کُس اوس؟ یہ مودا کِنہٕ موٗر کھ؟

وُچھان وُچھان ووتھ دوٚن فریقن منز تنازعہ تہٕ تنازُک ماحول ہوتُن

گرمُن۔ دوشوے پارٹی آسہ یہٕ ونان زِ بم بلاسٹس منز شہید گومُت رُت انسان اوس۔

تہنز پارٹی ہُنداکھ اہم صدر۔

پوٚز کأنسہِ اوس نہ یہ پے زِ یہ کُس اوس! ☆☆

# پٲنژِم نفر

ہہرِ نب، بوٚنہٕ زمین تہٕ منز باگ چُھس بہٕ۔!

ہہرِ رُب، بوٚنہٕ تٔسنز کاینات تہٕ منز باگ چُھس بہٕ۔!!

مےٚ چُھ سورُے کینٛہہ بوزنہٕ یِوان۔ پوٚز بہٕ چُھس نہ کانٛسہِ بوزنہٕ یِوان۔!!

مےٚ چُھنہ امیُک کانٛہہ ملال تہٕ کیازِ یہ کاینات بناون وول تہٕ کتہِ چُھ بوزنہٕ یِوان۔

پوٚز یٮ۪لہ بہٕ کانٛہہ جن، درٹھاک، راکھشس چھُسن کاربد کران وُچھان تٮ۪لہ چُھم متھ گرژھان زِ شہن ہنز حفاظتھ کرنہٕ علاوٕ کرٕ ہا توتہِ آدم زادن ہنز چوکی دأری تہِ کربٕک دِتھ کرٕ ہکھٕ تمہ خبردار تہٕ ونہٕ ہکھ حبس گٔرزیوٗلوٗ کو یہ ہا چھُو بٮ۪یہ مارٕ واتُل رٔنتھ بدلاوتھ آمُت۔ یِمی تکہِ تار گندان گندان شانت سٔرکی سأری پمپوش اکہٕ اکہ ژٔڈ۔ سُہ پمپوش تہِ یتھ پٮ۪ٹہ سرسٹی بناون وول برہما پانہ تہٕ اوس بہتھ۔ یہ چُھ سُے یِمی ہانگل مارنہٕ خأطرٕ اکھ کنہٕ پھوٚل تتھ کٔز دیُت دأرِتھ زِ ہانگل تہِ موٗدٕ ستی ستی گوشپنہ ڈکربن پبٹھ ڈُلوان ڈُلوان۔ جنگل تہٕ گام نہنأوِتھ بروٛنٹھ بروٛنٹھ پکان۔ اکھ شپنہ مأژٕ بٔنتھ ژوپأری ڈوٗ بہٕ ڈاس کران۔ أزی چہ لٹہ اوس یہ شیطان آمُت نارژاپان۔ تہٕ تبٕنگل ژوپأری چھٔکراوان۔ أمی ستم گارن نٮ۪یہ وُچھان وُچھان گُلستان تہٕ بوستان، انسان تہٕ

حیوان، کِمہ تہٕ کرپل تہٕ وُڈوِنی جاناوار مکایہ کانڈکی پاٹھی سوٚر کٕرتھ۔

تاوٕستی گوٚل کوٚہن ہُند شین تہٕ وُچھان وُچھان گژھِ شینہ مانہٕ تہٕ۔ تِرِنی آبن دیُت دٕزِ مٔنز زمینہ ٹھنڈکھ۔ پوٚز ٕستی نیوٚن سوٚر تہٕ اَسرِ کہ تہٕ چھلِتھ۔ ژوپاٚری آویوٚپ تہٕ پمپوش سر کھوٚجلن مولہٕ مونجہِ۔ یہِ قیامتھ خیز تماشہ وُچھن وول اوٚسُس گُل کاٚینالس منٛز بہ اکھ واحد تماشاٲیی۔ توی کنیٚ کُس ونہ ہے مےٚ کیاہ کیاہ وُچھ تہٕ کیاہ کیاہ چھس وُچھان۔

نب چُھ دزان تہٕ زمین چھِ زن تہٕ اَکس موٚرِدِ سندی پاٹھی تِرِنی۔ ووٚزُل نار ہیوواُو برلنگ چھ وُنہِ تہٕ سفید اَبرٕ لنگن پتہٕ تتھ کنیٚ لاران۔ تتھ کنیٚ اکھ پاٚز چھ اَکس کوترس رٕٹنہ خاطرِ وُپھتراوان۔ زمین پیٹھ چھ اَندی پکھی فقط کٔنہِ پل تہٕ سکہٕ ڈاف۔ یہِ وُچھتھ لوٚگم زن گرٕبٹہ۔ پوٚز ییٚلہ مےٚ تم ژور نفر نظرِ گٔیہ یم شینہ مانو منٛز دراٰے بہ گوٚس حاٚرتن۔ اما یہ کیاہ شکلہ چھِ۔ انسان باسان۔ پوٚز یم کیازِ ششتر گانٛٹھ بوزنہٕ یوان۔؟ ژبتھ دِتُم تہٕ زونُم یم ژوشوہے چھِ تم۔ یم نندرِ منٛز اَسی شینہ مانہِ وولہٕ گیوٚتُن دِتھ پانس ستھ وُٹتھ نیمتی۔ باسان چُھم یمن چُھنہ پےٚ زِ کیاہ گوٚو۔ آلو چھ تم تہٕ دِوان۔ زن تہٕ ماجی ہٕنز کوچھِ منٛز اَسی شوٚنگتھ۔ تہٕ ہوشیار گٔرھتھ چھِ تس ژھانڈان۔ پوٚز ڈوچُر ڈوچُر دِوان ییٚلہ پرٛتھ طرفہ ووجاٚری گٔیہ وُچھان، ژوشوہے روٗدی ترہران۔

کٔنہِ پلو تہٕ سکہٕ پیٹھ پکان پکان روٗدی تہٕ گٔرتھ تم دوہلی گاشس منٛز بیوٚن بیوٚن پتُن گرٕ ژھانڈان۔ پوٚز دوہ لوٚس تہٕ ژوشوہے واٚتی تتھ کنہِ پلس تل یُس دُورِ بوزنہٕ اوس یوان۔ بہٕ اوٚسُس تتہٕ موجوٗد۔ تہٕ وُچھان ژوشونی ہنٛز اکھ اَکس نِش کھٔٹتھ روزنہٕ خاطرِ ژھرٹہ ژھرٹ۔ متھ چُھم گرٕشان زِ وَنکھ یکوٹہٕ رٔلتو تہٕ کینٛژھاہ

گرِ تو۔ پۆز مےٚ چھنہٕ زبو۔ کیاہ کرٕ ؟ یہ برمانڈ بناون وألی چھ مےٚ پیٹھ یہ ظُلم
کۆرمُت۔ ہرگاہ وُچھن تیٚلہ پرژھس۔ زبو نے تہٕ شکل دِی زٕہم۔ سو تہٕ نہ؟ یٚیلہ مےٚ،
آبس تہٕ نارس شکل دِژن، مےٚ کیاز نہٕ؟؟ پۆز بہ کیازِ سنیٚوس یمن کتھن۔ یم ژۄشوٕے
چھِ اکھأکِس وُچھتھ تہٕ ہبکان، یژھن تہٕ اکھأکِس ستیٚ ہیٚکہ ہن کتھا باتھا تہٕ گرِتھ۔
کتھ باتھ گیہ کتھا۔ یم کیازِ سنا اکھأکِس کُن تھرگرتھ پأنی پانس ستیٚ کتھ کران۔؟
یمن کیازِ اکھأکِس پیٹھ شک۔ بہٕ پُھس گواہ زِ یم چھ ژۄشوٕے آدم زاد۔ پۆز یہ چُھ نہ
مےٚ تہٕ پےٚ گُس کتیٚگ چُھ تہٕ کیازِ، ژۄشوٕے چھ ہیوی شکلہٕ! مطلب ہم شکل۔ زن تہٕ
أکی قالبہٕ منزِ دراٚمتۍ شیٚنو انسان۔ یم زۆنہ گاشس منز تہٕ اکھأکِس وُچھتھ ہبکان۔

وُنہِ کینس چھِ یم خوف زدٕ۔ پۆز بہٕ پُھس حأران تہٕ پریشان تہٕ کیازِ اَجہ رأژ
کتہٕ آو یہ پنژم نفر ؟ آسمانن دیوتا دأرِتھ کنہٕ زمینہ منز پھوٚٹ ہیٚڈ رہیو؟ مےٚ کیازِ
لوٚگ نہ پےٕ؟ بہ ہے پُھس پرِتھ جایہ موجوٗد آسان۔ دوٚہس راتس۔ زۆنہ پچھس تہٕ
گٹہٕ پچھس۔ روٗدس تاپس، وندس رہتکألس منزوٗ چھان روزان۔ یتھ عالمس منز گُس
چُھ سُہ یس نہٕ بہ شاہ پُھس دِوان۔ بہٕ پُھس ناہوا۔ توٕے کنہٕ۔ مےٚ زِ!!

وِنی آو کتہٕ۔ یہ مالگہ ہے پےٕ ہرگاہ أمس نفرس آسہٕ ہے یمن ژون نِشہٕ
بیٚون شکل۔ افسوٗس یتہٕ چھ یہ ڈیٚلِی زِتہٕ تمی قالبہٕ منز دراٚمت۔؟ نہ کانہہ فرشتہ چُھنہ۔ بہ
ڈینشہ ہن نہ تیٚلہٕ۔ نتہٕ ماچُھ یہ نارٕ منز دراٚمُت۔ سون لیس مےٚ تہٕ بوزنہٕ آونہٕ۔

پأنژِونی نفرن أس رأتی راتس زن تہٕ رتہٕ ژۄ کأمی ألجھٕ۔ توٕے کنہٕ روٗدی
جاے بدلاوان۔ پۆز اکھأکِس لٔش وأتتھ تہٕ أسی نہ کتھ کران۔ مےٚ باسان تم تہٕ
أسی امہ موجوٗب خوفزدہ زِ أسی ہے أسی کالچھنس ژور۔ اجہِ رأژ کتہٕ آو یہ پنژم۔

گاش آوتہٕ مےٚ تہٕ بوزا کھ ہوأ ي پارٕے۔ گوڈٕ لوتہٕ لوتہٕ پتہٕ سۭٹھاہ بڈٕ بڈٕ۔

زن تہٕ اوس اوٚ برگگرا یوٚ ستی کتھ تہٕ کران۔

پارٕے بوٚزتھ رلیٚیہ یم پأنژوٕے تہٕ لٕگی کتھ کرنہِ۔ امی وِزِلوٚگ مےٚ پےٚ زِ یہ پٕنژِم نفر کُس اوس تہٕ تٔمی سی یوٚت کیازِ آسنہ پارٕے بوزنہ وِزِ شاہ کھالان یاوالان وانجہِ دوٗ برأ ے گرژھان۔ پارٕے أسی زِ زینن والبوٗ زیوٚن تہٕ ہارن واللبن گوٚ وفان۔ ہرگاہ کُنہ کانٛہہ نفر چھ زندٕ سُہ وأ تنی فورن سأئنس بازرس۔ اسہِ نِش میلن کینٛہہ نایاب چیز۔ اکہِ نوٚ زندگی ہُند آغاز کرنُک أخری موقہ۔

''امایہ بازر کتہِ سناچھ۔؟ شپنہ منز درأمتین ژوشوٕنی نفرن ژٕج یکوٹہ کر بکھ نیٖرِتھ

پٕنژِم نفر روٗدوٗ چھان تہٕ اسان۔ سُہ اوس ووٕنی بیوٚن ددرامُت

''مون بازر میوٗل۔ چندس چھا کانٛسہِ پونساہ ٹوٗنکا'' ژوشوٕے لٕگی اکھأ کِس پرِ ژھنہِ۔ پوٚز سارنٕے گٔیہ ووٚش ترأوتھ ژھوپہٕ۔

پأنژِم نفرن تروواسن کھنگال تہٕ وونہ نکھ ''پرواے چھُنہ۔ مےٚ چھِ پونسہ تہٕ تہٕ پےٚ چھُم زِ بازر کتہِ چھُ۔ مےٚ ستی پکیو۔ ووٚزم دمہِ بہ۔ یٚیلہ توٚہی کماوو۔ تیٚلہ کری تو حساب۔ ژوشوٕے گٔیہ خوش۔ پوٚز بہ روٗدُس یہ سوچان زنوِ زندگی تہٕ ووٚزمہِ پتھ آغاز۔ ووٚشاتروٗم۔ بیٚیہ کیاہ ہیکہ ہأ گرتھ۔

یہ اوس اکھ ووٚکھےٚ بازر۔ اتھ اندراژنہٕ خأطرٕ اوس اکھ تیُتھ درواز یُس پونسہٕ ترأوتھ اوس کُھلان۔ اندرأژِتھ اوس کینٛہہ تہٕ ہیوٚن امہ موجوٗب ضروری تکیازِ تمہٕ بغار کُھلہ ہے نہ دروازٕے۔ اتہِ اوس نہ میون حاجتھ تکیازِ اتہِ اوس زندٕ روزنہٕ خأطرٕ

بازرُک پنُن گیس ۔ اُکس ماَ دانس منز اوس زمین دوز بازر ۔ پاَنژوے ژایہِ اندرتہٕ لگی پننہِ ضورورتکی چیز ژھانڈنہِ ۔

درواز نے کُھلہ ہے مےٚ کتہِ لگہ ہے پےٚ اِندرٕ کیاہ گوٚو ۔ بازرکی ساری دُکان وُچھتھ گوٚو یہ پنٛژِم نفرسخٹھاہ خوش ۔ پوٚ زباقی ژوٚن نفرن گوٚو گژنی ۔ ژوٚن نفرن منز چُھ اکھ نفرتریش تہٕ بتہٕ موںٛڈھاہ ژھاران ۔ یہ چُھ دوہ موٚزوری کران تہٕ کالچس بتہٕ موںٛڈا کھوان ۔ تمہ دوہ اوس نہ شپنہ موجوٗب اُمس کاَم میچھٕ ۔ توٚے کٔر اوس یہ فاقےٕ تہٕ پھکرٕ ےشوٚنگمت ۔

دوٚیم نفراوس الہٕ بانہٕ نتہٕ گینتہِ ژھانڈان ۔ یہ اوس کاشتکار تہٕ اوس کنہِ پلوتلہٕ مبرِ پھلی ژھانڈتھ بیوٚل وُوٗن یژھان ۔

ترٛیم نفراوس اکھ مفکرتہٕ مصور ۔ یہ اوس رنگہ بُرش تہ کینواس نتہٕ کاغذ قلم تہٕ میلہ دوات ژھانڈان ۔

ژورِم نفراوس اکھ تواریخ دان ۔ یہ اوس تیتُھ کانٛہہ چیز ژھانڈان یمہِ سٟتؠ مبرٕ ، آب تہٕ ناریکوٹہ رلاَوِتھ موٗدی متؠ شُری گرٛھن زندٕ تہٕ پتہ گرٛھن وٗلی وٗلی جوان تاکہ تمن ہاوٕ ہےسہ اکھ نوٚ وتھ ۔

یوٚت تام یم ژور روٗدی اورٕ یور کران ۔ پنٛژِم ژٔنی اوس گوڈ نکہٕ پھیرے سوٗرے بازرمٕلی ہیوٚت مُت ۔

ژ کہٕ اوس یہ بازر تمہ سندی خاَطرلوٚگمُت ۔ تہِ کیازِ بازرس منز آسی پرٕ بتھ دُکانس پیٹھ تہِند منہٕ موافق چیز کٔنی ۔ تہٕ زن گوٚو کلہ کھاسرِ ۔ بوروٗد ، گولہِ ، بندوٗق تہٕ قسم واربم ۔

تس یہ نفر دراوشانہ شوکت سان اکھ لۆ گُٹ پستول ہیتھ تہٕ باقی ژور نفر درایہ پتہٕ پتہٕ تُسند سامانہ ہیتھ۔

کرہن کیاہ۔ ژ وشوٕے آسی پأنژِمس نفرِ سندی مقروٗض۔ غولام۔ ہیٚلہ یہ پٕنژِم نفر وُسہ پرینگس کھسِتھ دوشوٕنی غولامن پیٹھ تیۆنگل چھکنہٕ لۆگ مےٚ زون زِ یہ گُس چُھ۔

☆☆

# ناد

بہ چُھس شیٹھ وُہر ۔ پۆز زہرا چُھس نہ بڈٕ ٹھیو مُت۔ البتہٕ چُھم نہ پڑتھ دوہ تمہِ وِزِ یہ ژتبس روزان ییٚلہ صُبحس فونٛچ گھنٹی چھَ بجان۔ بہ چُھس دور ٹُلتھ گرٕ نیران تہٕ وٕستھ پیوان۔ یہ وُچھتھ چھِ میاٛنی شُری گُنہ وِزِ اسان تہٕ گُنہ وِزِ پریشان گڑھان۔ بہ چُھس دم پھٹ گڑھان تہٕ اُچھ پھیری پھیری تالوٗ وُچھان۔ ژکہِ چھِ مےٚ گھنٹی بوزِتھ لوکچار کی دوہ ژتبس پیوان۔ بہ اوٗسُس پڑتھ دوہ مندرچہ گھنٹی تہٕ آرتی بوٗزِتھ ہوشار گڑھان۔ اتھٕ بُتھ چِلتھ اوٗسُس بہٕ دور ٹُلتھ پنہٕ نِس یار جانان شُمن گرٕ واتان۔

ووٛنی ہیتین داہ وٕری گڑھنی۔ نہ وُچھ شُمن بُتھ تہٕ نہ چھِ اٚسی دوشوٕے اکھ اٚکی سنٛز کینٛہہ تہِ خبراہ اتراہ۔

ازتہِ آو فون۔ یہ اوس زن تہٕ پزی شُمن ناد۔

سرینگر پیٹھ اوس میانہٕ ناوٕ فون۔ مےٚ اٚسی راےٕ گراوٕ گراوٕ کرٕ۔ پۆز مےٚ کیاہ اوس یہ پےٕ زِفونس پیٹھ چھِ مےٚ گراوٕ گراو کرنہ بدلہ باکہٕ باکھ گرٕنی۔ شمہ اوس پننہِ وتہِ گۆمُت۔ یہ اوس میانہِ خاطرٕ اکھ صدمہ۔ ٕستی اوٗسُم یہ دۆکھ زِفون کیازِ کۆر اٚکی انزان شخصن۔ شمہ نۆ شُر بۆ کیازِ نہ؟ مےٚ کۆر شُمن گرٕ فون تہٕ یہ زاٛنتھ گوم وانجہ زۆ دزِ پرٕ گگرو چھِ گرٕ گگرن لارٕ گرتھ گرس قبضہ کۆرمُت۔ شمنی شُری بأ ژچھکھ لنجہِ رٕٹتھ کٕڈتھ ژھنی متی تہٕ

شمہ چھ اتھ وأرداتس منز ہیرن ڈُلہ گومُت۔ مےٚ پرُژھ پر گگرس آرٕہتس لجس منز۔ ''وہل چیرآسہِ ہیس پھٹہ مژ''۔ تٔمہِ بداخلاقن دیُت نم جواب۔ ''نہ نل نکھ پھوٚٹس تہٕ کیاز ِناران آوٚس نا''۔ یہ بوٗزِتھ گوم ازٕ یٔک مُشتھ تہٕ پرون ژیتس۔ اکھ اکھ کتھ زن تہٕ کالک بتہٕ۔

سائنس بٹہ مُحلس منز اوس اکٕے مسلمان گرٕ۔ یم آسی چھان۔ شمٕن مول اوس سبٹھاہ ہُنر مند۔ توے کنٕ اوس سُہ ڈوٚنٕ ہچہِ پیٹھ نقشہٕ نگآری ہنز کام کران۔ اٗمی کنٕ آسی یم سانہِ کھوٚتہٕ زیادہ اسوٗدٕ حال۔

شمہ تہٕ بہٕ آسی اکسی سکوٗلس منز پران۔ آسی آس یکوٹہ وُتھان، بہان، گندان دروکان، ڈراما کران، پران، تہٕ لوٗکن ہنزٕ کتھہِ کُنی نالہ فرن کڈان، آسی آس نہ زانہہ تہِ اکھ اکس نشہ کانہہ تہٕ کتھ کھٹتھ تھاوان۔ پوٚز اکہِ لٹہ چھِ مےٚ اکھ کتھ تس نِش کھٹتھ تھاؤمژ۔ تمی تہٕ اکہِ لٹہ اکھ کتھ مےٚ نش ژور تھاؤمژ۔

۱۹۹۰ ءِ منز اوس تمس پےٚ زِ کشیرِ کیاہ چھ وُچھن تہِ زن گوٚ وبیٚہ اکہِ لٹہِ چھ یتہٕ کیٚن بسکینن گلُن نتہٕ ژُلن۔ پوٚز تٔمی وون نہ توٚت تام یُت تام پھمب آندری آندری دٔزِتھ گومُت اوس۔ حالانکہ یہ چھ پزٕ ریٚلہ گرٕ تراونک وخ آو شمٕن سوٗزپٹیٚ کارتہٕ ژوشوٗنی نیچوٚبن ہنزٕ کارڈرائیور بتھ۔ اکھ دوہ ہرگاہ ژیرِ گژھِ ہے میون عیال آسہِ ہے چھکراونہ آمُت نتہٕ اڈٕ ژھوٚٹ گومُت۔

مےٚ تہٕ آس زأہدنٕی کتھ کھٹتھ تھاؤمژ۔

یہ چھ پزٕ زِ اسہ دوشوٗنی ہنزن کتھن کوٚر وقتن پانے پردٕ فاش۔ شمس الدین تہٕ میأنی یارٕ ژ آس اکھ مثالی یارٕ ژ۔ آسی آس لوکچارس منز اکھ اکس دھار مِک

تہٕ اسلامی کتھ بوزناوان یعنی شمس اوس یہ پےٚ زاٗ بھیمنیو کتہٕ کنی موروکھ دھوکہ دِتھ تہٕ
مےٚ اوس پےٚ زِکر بلاہس منز کتھ کنی گیہ خودایہ سندی ٹاٹھی تریشہ تریشہ کران شہید۔ شمس
اوس یہ پےٚ زہیر تھ کرآسہِ تہٕ بہ اوسُس پراران زِعید کرِ یِہ رسہٕ رسہٕ۔

شمہ تہٕ بہ آس لوکچارس مِژ ہنز موٗر ژ بناوان۔ وندس شینہ موہنیو بناوان۔
گتہٕ پٹہن پٹھ نتہٕ لبن پٹھ ژنہ ٔتی پہاڑ، دریاو، جنگل بناوان۔ پرنس کتی آس آسی
دوشوٕے جان۔ اکھ فسٹ تہٕ بیاٗ کھ سکینڈ۔ اسہِ وُچھتھ آسی رتی لُکھ خوش گژھان تہ
ہرز لوکھ آسی دزان۔ تعصبی لُکھ آسی اُکساوان۔ پوٚز آسی آس عام کاٗشرٕ بن ہندی
پاٗٹھی خوش تہٕ خوشحال یہ ماٗنتھ زِ حضرت آدمس زاٗے زِ گبر، اٗکی رٕٹ آورِنی اٗکی
رٕٹ قبر۔ وہے سہٕ دوہ اوس عبرتھ ناکھ۔ شمس کھوٚت تف تہٕ گییس دوشوٕے زنگہ بہتھ
علاج کوٚر ہس پوٚز میون شمہ گوٚ ومۆز وٗر۔

شمن ترووسکوٗل گژھن پوٚز بہ رودُس تس سہٕ سوٗرے پرناوان یہ بہ سکوٗل نتہٕ
کالجہ پران رودُس۔ بلکہ یہ تہِ بہ اوسُس ہیچھان تہٕ اوسسن شمہِ ہیچھناوان۔ بہ گوس
ٹرینِنگ کرنہِ تہٕ شمہ لوٚگ کاربارس کُن۔ بہ لوٚگس نوکری تہٕ شمہ بنیو ولوگٹ خوجہٕ۔

اتھ دوران اوس شمہ نوٚ سانہِ بٹہ محلک مکان آکس گامہ کس بٹس کنٕتھ نوٕ
کدلہٕ طرفہ یارِ بل بٹھس پٹھ اکھ بوٚڈ مکان ہیوٚ تمت۔ بہ رودُس تور تہِ گژھان تہٕ
شمس میلان۔ تمن دوہن تہِ ہرگاہ مےٚ ژیر گژھہے میاٗنس ماٗلس اوس خبر کیاز پھرٕتھ
گژھان۔ پوٚز گُنہ وِزِ اوس مےٚ تہِ شامہ پتی اٗکس زِٹھس کوچس منز اٗندی پکی
لوکن کُن وُچھتھ کھوژُن لگان تہٕ کیاز تمنی دوہن اٗسی پاٗکستاٗنی فوج ژھل کرتھ کشیرِ منز
ژاٗمتی تہٕ تخریب کاٗری اوس کلہٕ کوٚڈمُت۔ تمنی دوہن گوٚ واکھ تیتھ قصاہ یُس نہ مےٚ

شمس تہِ زانٛہہ وون۔

سڑکہِ پیٹھ یارٕ بل تام یُس اکھ زیوٚٹھ کوچہِ اوس تتھ منز اوس روٗدٕ لو پینہ پتہٕ تہِ رَبہِ چھل آسان۔ بہ اوسُس اکہِ دوہ پتلوٗن بچاوتھ قدم قدم کڑان۔ییلہ اکہِ مکانہ چہِ کانٛی پیٹھ کمی تانٛی انیمہ پیٹھ دأرتھ دیُت۔ مےٚ دِژ ہیوٚ رٕ ئُن نظر۔ اکھ وُزٕ ملہ ہش کوٗر وُچھتھ گوس بہ زن تہٕ روزِتھ۔ کورٕ اسی پننہِ غلطی پیٹھ ندامتھ۔ یہ وُچھان وُچھان لوٗگ مےٚ دب تہٕ پتلوٗنس گوٚ ولیُتھ۔ اکی وتہِ پکوٕنی ترووٲسُن تہٕ لوٗگ وننہِ۔ ’’دب چھا بب لحاظ کرٕ‘‘۔ اکھ زنان لٔج مےٚ خطرناک چشموٗ وُچھان وُچھان بیٚیس زنانہِ وننہِ۔ ’’أچھ آسس ہیوٚ رٕ ئُن درس لٔجمُژ تہٕ یِی چھُ گڑھان‘‘۔ تمہِ وونُس در جواب۔ ’’مےٚ ووت وارِیاہ دوہ وُچھا یہ نفر چھُ دوہ دِش یِوان۔ کانژھاہ پرژ ہیس کیازِ؟‘‘۔ مےٚ ژیوٗن حالاتھ چھِ خراب گڑھن وأنی۔ ژلُن چھُ بہتر۔ تیز قدم تُلتھ لوٚگ مےٚ بیٚیہ دب۔ زنانہٕ لبجہِ کتھٕ کرنہِ۔ یہ چھُ سانگ۔ خبر کیاہ یڈ دود چُھس۔ بہ گابریوٚس تہٕ گوٚڈنچہِ لٹہِ باسیوم زِ مسلمان محلس منز چُھنہ بٹس کانٛہہ تہِ مدد کرن وول۔ توٚے کنٛز پٔنن ربہ لد پتلوٗن وتھراوان، وتھراوان کتھ باتھِ کنٛز یہ باس دِنہ زن تہٕ بہ چُھس مسلمان۔ بہ ماتھاوٕ ہادگ ہرگاہ ییہٕ کوٗر وُچھہن نہ پننہ نِس برس پیٹھ مےٚ کُن وُچھان تہٕ کتھ کُرنی یژھان۔ بہ گوس روٗزِتھ۔ اکھ اکِس وُچھتھ روٗدی اسی ووشلان۔ یہ حادثہٕ آسہِ ہے اکھ زِ تتی بُتھ نارٕ نارتہٕ مورد بادزندٕ باد یعنی فسادُک گوٚڈ بنیومُت ہرگاہ یہِ کوٗر مےٚ اتھس تھف گرتھ پننہ نِس آنگنس منز ژانتھ نلکس تل اتھٕ چھلہٕ ناوِ ہے نہ۔ یہ اوس سُہ وخ ییلہ نار دِنہٕ وأنی اس کوچہ کوچہ پھیران۔ ییلہ کٔمی تام آلو کوٚرُس تیلہ لوٚگ مےٚ پےٕ زِ اُمِس کوٗرِ چھُ زانٛہدہ ناو۔ مےٚ دیُت اُمِس تہِ باس زن تہٕ بہ مسلمان چُھس۔

زأہدس اُس پنٕنہ غلطی پٹھ سخ ندامتھ تہٕ سو اُس تلافی کران۔ یوتام زأہدن دۄن کانگرٕن پٹھ میون کوٹ ہۆ کھنوو بہٕ رۄدُس تلیٚ ٹاربو اکھ بے حد حسین کور تتھ کنٕ وُچھان زن تہٕ اکھ حسین خاب۔

مےٚ اُس نہٕ زانٛہہ تہِ یژھ شایستہ کوٗر رۄچھمٕژ۔

گوڈنچہ لٹہ گےٚیہ مےٚ وانجہ خوش یہوٗنی دُبرأے۔ تیزان تیزان ییٚلہ بہٕ برس ستیٚ ٹھاسنہٕ آس زاہدن تر ووٹھاہ ٹھاہ گٔرتھ اُسن تہٕ لُج ونٕنہِ گوڈٕ رس، ووٗنی ٹھوٚل، گوڈنکہِ تہٕ دۄیمہ دٕنچ خطاوار چھس بہٕ۔ ییٚمہ دٔبک ذمہ دار چھُکھ ژٕ پانے۔

زاہدٕ رۄزا سان تہٕ مےٚ رۄدباسان زن تہٕ چھ پوشہِ ٹۄٗری پھوٚلتھ اکھ تیٚتھ باغا سجاوان۔ یتھ منٛز بومبٕر یمبٕرزلہِ ستیٚ بول باش کران۔ مےٚ لۄگ دل تہٕ امہ موجوٗب ہیوٚت مےٚ صبحن شامن شمس نِش گژھن۔ تس اوس باسان بہٕ چھُس پنٕنہِ گرٕ کم تہٕ تسندِ گرٕ زیادٕ وخ گُزاران۔ ژٕ کہِ اُس بدل دلیل یوسہ مےٚ پٛننس یارس نِش کھٹتھ تھأوٕمٕژ اُس۔ کینژس کالس اُسۍ مےٚ یہ تہِ خأہش زِ ادٕ کیاہ گژھن سأری بٹہٕ مسلمان۔ نہٕ روزِ فتنہٕ تہٕ نہٕ فساد۔ اکِہ دوہ ووٗنی مےٚ یہےٚ کتھ وٕلتھ مٕلتھ شمس۔ سُہ گوٚ ونارونار تہٕ لوگ ونٕنہِ۔ اُسۍ چھ کأشرۍ۔ بٹہ کیاہ تہٕ مسلمان کیاہ۔

تمہٕ دوہ باسیو مےٚ زِ ذأتی مفاد خأطرٕ چھُ انسان کینٛہہ تہِ سونچان نتہٕ کران تہِ یہ تس پانس جان چھُ باسان۔ بٹہٕ آستن یا مسلمان، ہندوستان آستن یا پأکستان۔ پۄز شمن منٛزٕ راوِ مےٚ آچھ۔۔ کشیرِ منٛز رۄز ہمیشہ شورِش۔ گرا جلسہ، گرا جلوٗس تہٕ گرا کرفیو۔ مطلب صراف رۄدۍ گنزران دیارتہ اتراف رۄدۍ راوراوان دوہ گُنہ گُنہ وِزِ اوس باسان زن تہٕ کشیرِ چھ اکھ تژھ ناواہ یوسہٕ سکہ شاٹھس پٹھ چھِ

پھٔسِتھ گآمُت۔ ازتہٕ چھ سوٗے حالتھ۔

اکہ دوہ اوٚسٕس بہٕ کاڈٕ ڈارِ علاقس منز اکس کھاندر سالس گوٚمُت۔ گرٕ گرٕ ھان گرٕ ھان ئیہ پارٕ ہے تہٕ لوٚگ کرفیو۔ لوکن ئژ چھمک تہٕ بہ لوگُس اکِس تتِھس کوچس منز یوٚت نہ بہ زانہہ تہِ آمُت اوٚسٕس۔ اتھ علاقس منز اوس زیادٕ پہن تناو توٕے کنٕ اس ہیٚیہ تہٕ ہیٚیہ پارٕ ہے گرٕ ھان یہ وننہٕ خاطرٕ زِ شامہ پتٕ یُس تہِ سڑکہ یا کوچس منز نظرٕ گژھِ تس چھِ گوٗلی کھٕنٕ۔ شام گوٚو تہٕ اندی پکھٕ زن گوٚو شنیاہ۔ بہ وبسر یوٚس تہٕ زنگہٕ ہیرٕ نم نٹنہٕ۔ بہ آسہ ہاتمی دوہ فرٕ شتہ ستی موٗدمُت ہرگاہ اکھ نیک انسان دیہِ ہے نہ مےٚ پننہِ نِس گرس منز چھپن جائے۔

یہ اوس مسلمان علاقہ توٕ کنٕ دیٚت مےٚ یمن باس زن تہٕ بہ تہِ چھُس مسلمان۔ کتھ باتھ یا کھٕہ چننہ رنگہ علاوٕ روٗدُس بہ مذہبی بحثن منز تہِ شرکتھ کران۔ بلکہ منزٕی منزٕی ھندوستانٕہن تہٕ بٹن تہِ لبکہٕ کڈان۔ یہ سانگ تہِ اوس ذاتی مفادٕ چ اکھ مثالا۔ اتھ گرس منز اسٕ فقط روٗن تہٕ زنان روزان۔ شامہٕ پتٕ اوٚسٕس بہ اکِس کُٹھِس منز کُنے زوٗن اسان۔ پوٚز دوہلہِ اسی ہمسایہ تہِ مےٚ نش بہان کران۔ بہ روٗدُس اتی ترٚین دوہن۔ جان پاٹھی زن تہٕ اوٚسٕس اکھ لازم دار پوٚژھ۔ یہ وُچھتھ اوٚسٕس پر بتھ شاہس ستی شمہ یاد کران۔ کرٕ ہانہ کیازِ؟ تٔمی سند کنٕ اس مےٚ مسلمانن ھنزٕ ٹلہ تراونہ تہٕ کیاہ گُدرہے شوٗٹھس۔ یہ سوٗنچتھ اسی مےٚ ہزٕ کُنٕڈی پھٹان۔

کرفیو ٹلکھ تہٕ مےٚ کوٚر پننہِ نِش میز بانس شُکریہ تہٕ نیران نیران تہِ کوٚرُم یی ظاہر زِ بہ چھُس مُسلمان۔ پوٚز یمہ لٹہٕ آیہ گرٕ واجنی پردہ بغارٹھاہ ٹھاہ گرتھ اُسنا تراوِتھ ئژ وننہِ۔ بھیا۔ اپُز چھُ سہ ونان لیس دِلس منز ژور آسہ یا کاڈہن منز چالاکی نتہٕ جال

سأزی آسہِ

یہ زنان اُس زاہدہ۔!

بہ گوس دم پھٹِٕ تہٕ سورُز ونان۔ ژٕ چھکھ بٹہ بوے۔ یہ أس مےٚ تیلہ تہِ

پےٚ ییلہ ژٕ کوچس منٛز دب لجووہے۔ یاد چھیا بھایا۔ یہِ چھ کشیر یتہٕ ونان بوے چھُ گنٛز

تہٕ ببنہِ چھِ تھٕنٛز۔ ژےٚ اوسے تیلہ دِلس منٛز ژوٗرتہٕ ازچھےٚ چالاکی۔ خأر ببنہِ بچو بوے۔

یہِ چھُنہ احسان بلکہ میون اکھ فرض۔ یہِ دوت اسہِ پتہ وتھ کران تہٕ یی روزو کران۔

بوے چُھ بوے۔ بٹہ آسٕتن یا مسلمان۔ ژٕ کہِ چھنا اُسی سأری انسان۔ یہ ہے چھِ

کأشر رواتھ۔ یی اوس ونان میون بوے شمہ۔ پاک رِشتن ہکہٕ نہ سیاست رزالتھ بیٚون

بیٚون کٔرتھ۔

باسان چُھم زن تہٕ زاہدہ چھِ زندگی تہٕ بہ چُھس وخ۔۔۔! یعنی وخ روزِ

بدلان پوٚز زندگی اُس از تہ سوے تہٕ پگاہ تہِ سوے۔ شمہ گوٚ وپننہ وتہِ۔ شماہٕ ژٕ دراکھ

بروٹھ، بہ چُھسے پتہٕ پتہٕ پکان۔

زاہدہ ہرگاہ زندٕ آسہِ تمِس کونہ پہوان یہِ ژٕ تس زِ ببنہِ گٔیہ تھٕنٛز تہٕ بوے گوٚ گنٛز

ازکونہٕ زاہدمےٚ نادِ دوان۔

ازکونہ کانٛہہ ببنہ پننہٕ بھاین نادِ دوان

کونہٕ چُھ کانٛہہ یہِ ونان۔ ژٕلی میتیو بھایو تہٕ ببنو پھیرتھ یی تو ماجہِ کشیرِ ہنٛزٕ

کوچھِ منٛز

شمہ گوٚ وپننہ وٕتہِ۔ اما زاہدہ چھاسنا۔

مےٚ چھ ٹیلی فون ریسیور دٔنہِ تہِ اتھس منٛز۔ زن تہٕ چُھم ستمن اتھہِ اتھس منٛز

اتھٕ واس کٔرِتھ۔

امایہِ چھامےٚ گرٕکی بأڑ آلو آلو دِوان کنہِ شٔمہ۔ چُھ مےٚ آلو دِوان لو کچار کی پأٹھی۔ نتہ ماپچھُ زأہدہ پیٚنِس بٹہ بھالیس ناد دِوان۔

میأنی مآج اٚس مےٚ ونان۔ یُس یوٚر کُن کرٕ کل تہٕ کارسٕہ تتھ شہرس وأتتھ پیوٚو۔ اپُز۔۔۔اپُز۔ تِم سآرےٚ کتھٕ چھ اپُزِ۔ بہ ونے کیازِ۔ مےٚ تہِ چھِ کل گنیمٕژ۔ بہ واتہٕ کُنہ دوہ پیٚنُن گرٕ۔؟ باسان چھُم

امایہ چھاٹاآسراۓ رِکنہ آلو آلو ۔! ناد۔ ناد۔!!



# ستی

گرم کرٲیہ ستی آس میأنی کارنارٕ کھل بنے ہٕش۔ تہٕ گرِتھ تہٕ اوٗسس بہ پننہٕ ماجہ ہُند دل تھاوٕ نہ خاطرٕ اکہِ مأیگرنٹ کمپہ نیرِتھ دۆیمس مأیگرنٹ کمپس منٛز ماجہٕ ہُند مام پرٕیمہ کول ساکنہٕ کھنموہ مقام حال مأیگرنٹ کیمپ ژھاران۔ یتہٕ اوٗسس بہ کارٕرُ کاوتھ لۆکن پرٕ ژگاہٕ کران۔ اما پوٚز ییٚلہ سڑکہ پیٹھ لۆکو بہ اتھہٕ دِتھ رُکوٗس مےٚ گۆو فرٹھ۔ سڑکہِ پیٹھ آس اکھ مرد یا دُم زنان بے ہوش گاہٕش۔ یأنی یہ زنانہ لۆکو میانہ گاڈٕ منٛز ژأنی میأنہ ماجہِ ژٕج عارٕ ہٕش کرٕباھ نیرِتھ۔۔۔ ہائے کیاہ گوٗم۔۔۔ یہ ہا چھ ستی ہٕش۔

ستی ییٚلہ مےٚ داہ باہؤری بروٚنہہ آس وُچھمٕژ تیٚلہ آس سو ترنگہ گنڈان۔ ہرگاہ تس آسہِ ہے کاندرِس نِش ژوٚٹ انٛنی تیٚلہ تہٕ آس سو کلس پیٹھ ووڑِ پلو تھوان۔ ستی ہٕش ہُند ووڈِ پلو تہٕ ستی ہٕش ہنٛز کتھ آسہٕ مُحلس منٛز مشہوٗر۔ ووڈٕ پلوامہ موجوٗب زِ ہرگاہ ستی کأنسہ ہٕند گرٕ اژِتھ ووڑٕ پلوا وڈُمٕش راٗ دتھ کتھٕ لاگہِ ہے وٕننٛ تمیٚک مطلب گیوو زِ ستی نیرٕ بتہٕ کھیتھ۔ بلکہ بتہ پتہٕ شیٖری چاے تہِ چیتھ۔ بروٚنٹھٕ کنہِ اوس نہ تس کانٛہہ تہِ بہران کینٛہہ ونہ نس۔ اما پوٚز پتہٕ پتہٕ آسس بڈی کہٕ لوکٹ ووڑٕ پلو یا کتھ وٕنتھ اکہٕ اکس اشارٕ دِتھ ٹانہٕ ژٹان تہٕ اُسن تراوان۔

ستی آس ازٕ ژھیٚنیٚ ہٕش دوٕتی گرِتھ تہٕ بُتھ اوٗسس زن تہ اکھ ہوٚل تہٕ کوٚل

لۆ دُر ٹپنہٕ پۆٹ۔ گاڈی ہسپتال کُن نوان ییلہ پتہٕ کُن اوُسس نظر دِوان مےٚ اوس

پٔنن لوکچار یاد پیوان۔

ستی اُس تمن دوہن تہٕ پرِتھ پرِتھ کران۔ اما پوٚ زلوٗ کھ اُسس ونان۔ آیہ

کتھ کتاج ،۔ ژپسھ پٔیہ دِنی نتہٕ دوٗنہٕ گاڈی پھمبکی پاٹھی۔ پتہٕ گوٚ واکھ حادثہ۔ ستی ہُند

کُن نیچو پھوٚٹ یار بلس منز۔ مےٚ چُھ سُہ دوہ ژیتس زن تہٕ کالُک بتہٕ۔ ستی دِژے نہ

لاش شمشان بل ہنہٕ۔ دپان اُس از صُبحے یُس چھوٚنی بابا جی اوس آمُت سُہ اوس

وشوامِتر ۔ تمی نیوٚ ومیون اکہ نندُن ۔ اسہِ پریکھا کرنہٕ۔ سُہ ییہ بیٚیہ آلو دِوان۔ نندن جی

دوتھ تھُد مےٚ ستی کر کتھاہ باتھاہ۔ یہ بوز ناوُن اکہٕ نندُن ۔ تمہِ پتہٕ ہیوٚت لوکو ستی کتھ

کتاجی بدلہ وُنن ستی ہرش۔

ستی ہُند روٗن سور گہ وأسی پنڈتھ پرمانند اوس اکھ ویدوان۔ تمو اوس وید

پرانو علاوٕ واریاہ کینٛہہ پوٚرمُت۔ گاٹُل موہنوٕ۔ بٹہ کنۍ مُسلمان اُسی تمن نش یِوان

گرٛھان تہٕ سُہ اوس تمن کتھایہ بوز ناوان۔ گرا ہگوٕ تہٕ چھِہ کتھ تہٕ گراشپو پُران تہٕ گرا

تاریخی قصہ۔ اِدسہ اوس ونان تہٕ ستی اٗسس سماوارس پھو کھ پھو کھ دِوان سأرے کتھ

بوزان۔ یہ اُس ستی ہنز بد بختی زِ تمس اوس نہ گٹہ منز گاش یِوان۔ بلکہ اوس یہ گیان

کونا جن کُن گومُت۔ تہٕ زن گوٚ ویہ زِ کتھایہِ بوٗزی بوٗزی اوس تمس اکثر یہ باسان زِ

سو چھنہ ستی بلکہ سوزنان یمس جاناوارن ہنز بولی چھ سمجھ یِوان۔ توٕے کنی اُس سو

گھنٹھ واد منز سرٕکہ پیٹھ رُکتھ ژربن ، ہاربن۔ گاون تہٕ ہونبن ستی کتھ کران روزان۔

منز اوُسس پٔنن پان باسان زن سو تہٕ چھ سوزنان یوسہ جنگلس منز اکھ لڑکہ وُچھتھ

امہ موجوٗب اسان زِ واریاہ کالی ڈیوٗشن اکھ آدم زاد۔ تہٕ پتہ امہِ موجوٗب ودان زِ ووٗنی

یۍیہ سُہ راکھیُوس یمۍ سو چھ گُلِس ءتۍ گنڈِتھ تھاوٕمژ۔ییٚلہ ییٚلہ یہِ تِمس یہ باسان اوس سو اُس وتہِ پٮ۪ٹھ پکان کانٛہہ تہِ لڑکہ یالوکٕٹ شُر وچھتھ پٕٹن وچھ ژیٹان تہٕ ونان۔آدم خور چُھ پکان۔ژلیو،ژلیوٚ۔منزٕ باسہٕ ہے زن تہٕ چھ سو شاف دِتھ بھسم کرن واجنۍ ستی۔ تیٚلہ اُس سو دودِ گوٚرِس شاف دِوان ''پونٕ چُھکھ رلاوان، گرٕ ھ چون خون بٕنن آب'' یتھی قصہ اُس دوہ دِش گرٕ ھان تہٕ ستی کتھٕ کتاجٕ بنےیہِ گوڈٕ ستی چاٗر پھیٲرتہ آخرس ستی مژ۔سوال چُھ یہِ زِیوٕت گرتھ تہِ کیازِ اُس محلّہ وٲلی ستی برداش کران۔ژ کہِ اُس یہ دلیل زِ اکھ اوس محلّہ والین بٹن تہٕ مسلمانن پرمانند سبٕھاہ ٹوٹھ،دوٚیم کتھ اُس یہِ زِ ستی اُس محلّہ والین سُہ ہر کانٛہہ چیز مِلن تومُلہ اوٹ۔مکایہ اوٹ،ڈوٗنۍ۔ژوٗنٹھی۔ٹنگ یُس تِمس مالنہٕ پٮ۪ٹھ واتان اوس دِوان روزان۔

لوکھ چھ ونان ستی مژ ہندی شاپن مارنوو پرمانند۔مےٚ تہٕ چُھ یاد گشیرٕ منز لگاو کموتاٗنٕ ژلہٕ نکی یا گلہٕ نکی پوسٹر دروازن پٮ۪ٹھ۔ستی ہٕپٹھ پوسٹر لگاون والین یارِ بلس پٮ۪ٹھ ووہٕ ہونہِ ''راکھسو یتہٕ پٮ۪ٹھ آمتی چھو۔دفا گرٕ ھو تو'ر۔یہ چھ ربٕشی واٗر۔مہ دیومہا کالس ناد۔''

ییٚلہ محلّہ والیو ژھو یہ کرناوٕنچ کوٗشش گرمژ اُس ستی اوس نکھ ووٚنمت زِ یم راکھسس چھ نہ کاٗشر۔بوے مار یاہ بھالیس۔بٹہ تہٕ مسلمان چھ اُکس بہ سندی زٕ گوٚبر اُکرٕ ئڈ آورِنٕ تہٕ بیٚیہ رٕئڈ قبر۔

یمہ دوہ پرمانند بچور مور کھ تمہ دوہ تہِ دپان وینیون ستی زِچاٗرٕ کلامہ متہ کرتہٕ اماپوٚ زستی کتہِ مانہٕ ہیس۔یتھ کنٕ بٹن اوس ننبد رہ منزتہِ ''بھارت ماتا کی جے'' نیٚرتھ ژلان۔تتھے کنٕ اُس ستی تہٕ پرِتھ پرتھ کران روزان۔ مےٚ باسان ستی آسہ ہٲن

بندوقہ وألی نفر مأشہ پیٹھ گھستھ مہا کال باسے مُتِر تہٕ پٔژن پان ساوتری باسیو مُت۔ کتھا یہ موجوٗب گوژھ مہا کال ستہٕ وأنس تراوُن۔ دپان بندوٗق وألی اُسی آمِتی پرماندس فقط کھوژناونہٕ۔ مگر ییٚلہ ستی لاجھکھ کتھ ؤنِتھ ہول گنڈِتھ ووہ ووہ کرنہٕ۔ تموژھن اشتیاقس منٛز پنڈتھ شہلاوِتھ۔

اتھ کتھِ گیہ لگ بگ اُتھ ؤری۔ ییٚلہِ ڈاکٹرو پرٛوژھ ستی وألس نفرس زِ اُکس شپتہ ورشہِ نوتہٕ وان زنانہ کیاز دیُت تیٚلہ وسنہ تیٚلہ لوٗگ مےٚ پے زستی چھس سڑوک گوٗمُت۔ یہٕ بوزُم زِستی چھ جمہ کٕمن سأرنے مأ یگرنٹ کمپن ژھأنڈ دِوان تہٕ رٕنِس ژھانڈان۔ دپان ستی چھ یقین زِ یتھ کنی ساوِتری ہُند ستہٕ وان گوٚمُت تھ یہٕ زندٕ تتھے۔ کنی آسہ تُسند پنڈتھ تہٕ زندٕ۔

ستی چھ مٔژ۔ خطا چھس نہٕ ہرگاہ مود متس رٕنِس چھ ژھانڈان۔ مأج میأنی چھ آنتہ۔ بےعقل زنان چھ پننہِ نِس مامس ژھانڈان۔ مےٚ باسان زن تہٕ چھُ ستی سر کشپ ریشس ژھانڈان۔ ژٕ بتھ چھس دَوان زِ بہ کیاہ ونہ پننِس پانس۔ بہ چھُس کشمیریت ژھانڈان مطلب یہ زِ چھکراوُ متس تولمس منٛز چھس بہ کنہ فلِی ژھانڈان۔



# آلو

أنِس مُش ہاوِنۍ نہ ثواب تۀ نہ گوناہ ۔ یہ اُس أسۍ بلۀ چاۍرِس وُچھتھ وِنان۔ اما پۆز ژٲمِس چاۍرس تۀ پھیاۍرِس سُند خط پرٕتھ چُھ مےٚ باسان زِ اوٗنے ماہاوِ اسہ گاشدارن انۀ گٹھِ منٛز وتھ۔

اسۀ گیہ گرٕترٲوِمتس ووٚنۍ شہٕ ؤری مگر بلہ چور چُھ ازتہِ پننہ نس گرس منٛز۔ نہ ملہ ٹنٹن کھوژان تۀ نہ ملڑۍ والیٚن کھوٚژان۔ یہ چُھ پزر زِ یمن شیٚن ؤرین اوس نۀ کاۍنسہ تہِ پیٚئ زِ یہ احمق چھا زندۍ کنہِ موٗدمُت۔ امہٕ موجوٗب زِ اور یور کتۀ اوس کاۍنسہٕ ستۍ راۍبطہٕ۔تۀ زن گوٚو گُس تۀ گس۔؟ ازیُک خط وُچھتھ گوٚو مےٚ توٚ کنۍ گوڈٕ فرٕٹھ تۀ پتۀ ییوم گرٕ یاد۔ پنُن محلّہ یاد۔تۀ پنُن سُہ لوکچار یاد۔

بہٕ آسہ ہاتیٚلہ کاہ باہ وُہرُی تہِ زن گوٚو واز بروٚنہہ ؤری تیتاۍجی مرٕ۔تمن دوٚہن اوس دراگ۔عوامی راج اوس نوٚو تۀ اسہ شُرین أسۍ ماسٹر وُتھوٗن تۀ بہوٗن پی تاۍلیم کران زِ شخصی راج گوٚو ختم تۀ الہٕ باۍنۍ چھِ کران حکوٗمت۔ یہ اوس پزر تۀ أسۍ تہِ أسۍ واۍنسہ آمتۍ ۔مگر یہ تہِ اوس پزر زِ تمن دوٚہن اوس دراۍگ۔

حُکمران اوس نہ تیُتھ مہاراجایُس ونہ ہے ''بتۀ نے تۀ بتاس کھیوٚ'' وزیر زمانن ووٚن مکایہِ واٹھ کھیو۔ بوچھِ ہوٚت چھُ گاسہ تاۍنۍ شکمس بران۔تۀ واٹھ

کھٔییہ نا۔

وونی گوٚ ویمن لوٗکن نہ واتھ تہِ میوٗل تم اُسی بچھان۔ شامہٕ پتۍ اُسی اُسی تہِ

برس آرٕ ہرٕ کربکہ بوزنہِ آسان۔

''بابا راہ خدا دِی توا کھ بتہٕ موٗ نڈا۔مےٚ ہِض واتی تڑ ے دوہ فاقے''

میون مول یا موج یا کُنہِ وِزِ بتہِ جواب دِوان ''ماف تھاوو! اُسی چھ بٹہ''

اکہِ دوہ آو اورٕ تہِ جواب ''بہ ہِض چھُس بٹہ بتہٕ کھیوان''

میٲنی ماج اُسی اکِس بڈِس زمیندار بہٕ سنز کوٗر۔ لہذا اوس تس دل بوٚڈ۔

توٚے اُسی سو تومُل تہٕ بتہٕ بے فروق بٲگران۔ اِدیُس کانٛہہ تہِ منگہِ ہے۔ تس اُسی سو

لوولو دِوان۔ زِ فقط اوس منکن وٲلس تس فِرِ کرُن تہٕ تس رازِ بٲیِ وُنن۔ توٚے کنۍ کوٚر تمۍ

تس آلو تہٕ بچھ بیوٗٹھ سٲنس براندس پیٹھ اڈٕ وِنے پدبو۔ ماجہِ میانہِ دِژنس اکھ بڈٕ ٹرنی

بتہٕ ٹیر تہٕ مول میون روٗدس لال ٹین ہاوان۔ امہ دوہ وُ چھ مےٚ گودنچہِ لٹہِ انسان پننہِ فکرِ

فرن لونچہِ پیٹھ بتہٕ کھوان۔ سُہ تہِ اتھ چھلنہٕ۔

اُمی بچھن ژھنی یہ بتہٕ ٹیر تتھ کنی کھبتھ زن تہٕ کھیوٗن پوٚپ گوشہ بوب ٹنگ تہٕ

بہ روٗدس وُچھان تہٕ تامتھ ژھنی اُمی بچھن ٹِکھ۔ یہ وُچھتھ باسیو میٲنس مٲلس زَ یہ

بچھِ ماوس تھپل۔ توٚے کنی دیُت نس تمی ووٹہ کھوٗر تہٕ پوٗون۔ اِدلوٚگ پےٕ زِ یہ بچوٗ راوس

امہ موجوٗب دگ یڑھان تھاونی تاکہ سانین ہمسایہ ''خانن'' ہند کانٛہہ لوکُٹ یا بُڈٕ ما

وُچھ اُمس بٹہ بتہ کھیوان۔

مٲلی میٲنی ییلہ یہ بوٗزتمی تر ووٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اُسناہ۔۔۔ ہتا باو راہ اسہ نا یو ان

کُٹھین اندر اکھ اُکی سُند بُتھ لبنہ۔ خانن کتہٕ کیھ ژ بوزنہٕ۔ یہ بجلی بتۍ تہِ چھ لالٹین

زأ لتھ بوزنہٕ یِوان۔ بلکہ چُھ موہراپاورہاوس تہٕ دوہلہٕ بوزنہ یِوان شامہٕ پتہٕ نہ۔

یہ بوٗزِتھ آو بچھس تہٕ اُسن مگر فرٹہ کنہٕ روٗٹُن اُسن تہ لوٗگ وننہِ ''مےٚ ہزروٗد شک خبر حض خان ماپر بزناون کتھ میانہِ''

سُہ تہٕ اوس وقتاہ۔

دونی چُھس بہ سونچان تہٕ زبتھ دِوان کتھِ۔ سون ہمسایہ نیک ہسہٕ ٹوٗٹھ تہٕ میون مول آسی کُنی نالہ پھرن کڈان۔ مگر اکھ اَکی سندہٕ گرٕ آسی نہ کھیوان چیوان۔ دوہ اکہِ آسی دوشوٕے یِی سونچان زِ کشیرٕ کیاہ آس تہ کیاہ گیہ بنتھ۔ مےٚ ییٚلہ ٹآنہ ژوٗ ٹٲٹھ تہٕ لگی دوشوٕے اکی کتھ وننہِ۔

یہِ چُھ پزر زِ آسی آسی نہ اکھ اَکی سندہٕ گرِ کھوان چیوان۔ اما پوٗز زا کھ اَکی سنز ماے آسی۔ توہی چھوا کسی ترامہِ کھیوان مگر اکھ اَکی سنز ماے کتہِ چھو، تھند اُسن تہٕ وُدن دوشوٕے چھِ بناوٕتی۔ خارگیہ تم دوہ تہِ تہٕ تم کتھٕ تہِ۔ مگر تم دوہ کتہِ مُشن۔ سُہ وخ اوس سبٹھاہ سخ۔ محلس منز اوس خالی کانہہ یُس صُبحہ شام اوس بتہٕ کھیوان۔ لوکو آسہ لاجہٕ ژوچہِ کھبنہ۔ حالانکہ ژوچہ کھبنہ آس تمن دوہن پام۔ بیٚیہ آسہ ہا کہ برٕگ تہٕ ژوچہِ پانہ وآنی زن تہٕ رٹہِ رٹہِ گندان۔ اما پوٗز مجبوٗر اتھٕ اوسکھ دوشوٕنی رٹان تہٕ شکمس بران۔ اتھ بدحالی منز تہِ اوس اکھ گرٕ یتہِ خوشحالی آس پوشہ نِس بُتھس پیٹھ نظرِ گژھان۔ پوشہ اوس مےٚ ہتی پران۔ اَمِس آسی نوی نوی پلوٕ دِلو آسان۔ وندس ییٚلہ آسی شپنہ موہنیو بناوان آسی۔ پوشس بغآر اوس نہٕ بیٚیہ کانسہ تہٕ شُرس کھورن لانگ بوٹ تہ کلس کنہ ٹوپہ آسان۔ نیویارکس منز روزن وول از ئیک مشہوٗر ڈاکٹر۔ پی ناتھن یانے پوشُن مول گوپی ناتھ تہِ اوس میانِس مالی سندی پاٹھی ماسٹر۔ مگر فرق آس یہِ زِ

تنخواہس پیٹھ اَسۍ اسہ پانژھ بچہ پالنۍ تھۍ پیٹھ اوس گُپہ کاکس پٔنن پان تہٕ ٹوٹھ نیچو پالُن پیتھرُن پیوان۔ گُپہ کاک آسہِ ہے پنژاہ وُہر ییٚلہ تس زنانہ مویے۔

پوشہِ اوس تیٚلہ پانژوُہر ییٚلہ گُپہ کاک ژُھسن وورِ ماجہِ تہِ وورِ بھایولوٚ نڈر تہٕ موٚنڈر آسنہ موجوٗب لنجہ رٔٹتھ بیوٚن کڑتھ۔ مالِ میأنۍ کورُس کوتاہ زِ بیا کھاندر کرمگر گُپہ کاکن وُنس وِزِ وِزِ سوے کتھ۔۔۔۔۔ ''پر یہ کا کا۔۔۔ وورِ موج کیاہ چھِ کران تہِ زرِ نہ بہٕ۔ ژِ زان تہٕ تہِ چھِ کران یہ کھوکھۍ اَسۍ سانہِن بابن تہٕ اجدادن کران۔ یاد پاوچون اکھ بابہٕ اجداد اوسُکھ ژھاۓ یِس گنڈ کُرتھ ترودِ ترووُمت۔ کیاہ ونے للہٕ دیدِ ہندۍ پأٹھی آسم وورِ موج بتہٕ کالس تل کاجہِ ووٹھ تھاوان۔ مأنِس ہے ونہ ہاتہٕ آسہ ہسم تہٕ ژالن لاگان۔ بوٚٹھ زیٚن دانس نِش تھاونس ہرگاہ رٔژھا تہِ ژیر گژھہے سوأسۍ مےٚ ونان پٹھان حاۓ کمن ہندۍ پأٹھی ''یا نہ گل نتہٕ ژل''

یم کتھ ونان ونان اوس سُہ کتھ ہتۍ کتھ رلاوِتھ کشیرِ پیٹھ کرن والین تمام ظُلم گارن۔ حملہ آورن ہنز زٕبٹھ لأل تہِ ونان۔ تہٕ ونان ونان اوس سُہ اسان اسان ودان تہٕ ودان ودان اسان۔

دراصل اوس تِمس یہ فرٹھ زِ یتھ کنۍ حملاورو نیہِ کشیر اسہ نِش موچھ موٗرِتھ تتھے کنۍ ینہ کانہہ آگر پچھنۍ پوٗشس نیہ ژلتھ۔۔۔مےٚ چھ امہِ کنۍ پےٕ تہِ کیاز گُپہ کاکھ اوس منزۍ منزۍ سون گرِ یِوان۔ نتہٕ اوس گرِ، سکوٗل ہسٹری آف کشمیر علاوٕ فقط پوشہ نبن پوٚت ژھاین وُچھن آسان۔

پوشہ اوس پرٕنس کیٚت سبٹھاہ جان تہِ کُرتھ تہٕ اوس گُپہ کاک گوڈٕ سائنس سبجیکٹ پانہ پران اد پوٗشس پرناوان۔ یہ اوسُس ارمان زِ پوشہ بنہٕ ڈاکٹر تہٕ محلّہ

والین ، بٹن تہٕ مسلمانن کرِ مفت یلاج ۔ یوتے یوٚت نہ تس اوس یہ تہٕ ارمان محلہ والی ونہٕ ہن تس پٹن ڈاکٹر۔

گُپہ کاک اوس تتھ سخ وقتس منز تہٕ ماز پاونہٕ تہٕ گاڑ سیرانان تہٕ پوشس کھیاناوان۔ توے کنٔ اُس نہ پوشس باقی شُر ہن ہندی پاٹھی ٹانکین نیران تہٕ نہ اوس سُہ سزٕ لوٚنگس گنڈان رگنڈان آوستھ یِوان لاینہٕ۔

حکوٗمت بدلییہ۔ وأٹھ کھینہ والہٕ وژن بتہٕ بب ہا آو وچھان وچھان بدلیو وخ۔ شُر بو ہیوٚت سزٕ لوٚنگ ترأوِتھ ہاکی فٹبال تہٕ کرکٹ گنڈُن ۔ تمن دوٚہن روٗزنہ کانٔسہِ تہٕ فرخا۔ سانٔس بُستھ گرس منز یا محلہ کین سفید پوشن منز۔

وُچھان وُچھان لگی ژھینیہ پٹن ٹین ۔ شامہ پتہٕ یم عارٕ ہٕر کریکہٕ آسہ کنن گرٕ ھان تم گیہ غاب۔ دستار گنڈن والیو تھوو بٔچر ۔ تہٕ یمن کھٔر اُس تمو لاجہ قراقلی ٹوپہِ۔ اماپوٚز گامن گُٹھبن ہندی لُکھ تہٕ موضوٗر پیشہ لُکھ روٗدی تتھی۔ تہٕ زن گوٚو خلیج بنے دیدتہٕ مومہ روٗد موے۔ یا ہٹتر ہنیے بنی جگرتہٕ ویدروٗد پٹن رید تچھان۔ بلہٕ چور روٗد اسان تہٕ یارٕ بلہٕ بٹھبن پٹھ بہتھ کریکہ دِوان۔ خبر پتہ اوس اُسنا تراوان تہٕ ونان۔۔۔ ہے دپان یہ بتہ بب چُھ وولڑک کرال۔ کرتو سارٔی نوٚنہ مزا'' ترلیش تموک جاری ہے۔ باقی خیریت ، آپ کی خیریت اللہ تعالیٰ نتہ شری رام چندر جی سے نیک چہتا ہوں ، بقلم خود بلدر پنڈت''

مگر یہ گُپہ کاک کیازِ سنا دزان دپان ہندوستان کین لوکن ہُند رتھ چُھ یِوان ٹرکن منز۔ فاتر گوٚمُت بٹہ۔ ہتادم کرتہٕ ون تی سونوٚژ کرپٹنی کام۔ چایہ ستی کبابہ

تہٕ بتس ہٮ۪تی شاہی ۔ ژُ ستنکھ تاوُ ژ ستنکھ ۔ ژ نہ پٔنُن دوہ ٹپاوِتھ ۔ گاش ییلہ یی پتہ چھاوناوُ کھ کانگرتہٕ ہاوتکھ پٔنیٔ ٹیکھ ۔ اِد اپوریا پیور۔

پوشہِ بنیووڈاکٹر تہٕ ژۄل امریکہ۔ دپان ورگوس بہ کیاژِ نیوہس نہ ڈاکٹری کالجس منز ماشٹر۔ گُپہ کاکن دِتھ بارو۔ کأشُر چھ کأشُر۔ غریب چُھ غریب، بٹہ تہٕ مسلمان کتہِ دراو۔ بوزُس نہ کأنسہِ۔ مگر پوشہ ژۄل تتھےٚ کنۍ یتھ کنۍ لوکھ ژےٚ پٹھان راجس منز۔ گُپہ کاک رۄد پانڈولربن ہندی پأٹھی تتی ہتہ زاو۔ محلّہ وألی رۄدی ونان وُ چھ تہٕ کیُتھ بختاوار دراو۔ یِم سہولژ مہاراجس آسہٕ فرمانبردار نچیو تھاوِنس سارے میسر۔ لۄکن ہنزِ کتھ بۄزی بۄزی ہیژ گُپہ کاکن تہِ شری بٹ پنڈت سندی پأٹھی گوبہٕ گوبہ کتھ کرنہِ۔

گُپہ کاکھ گوٚ وپنڈتِ بٔنتھ تہٕ گوٚ وُ چھان وُ چھان لیڈرتہِ بٔنتھ۔ مگر بلہٕ چأرِس رۄدأمُسند ٹکھ تہٕ رۄدونان ۔۔ ہے بھایو۔۔ بٹوتہٕ مسلمانو۔۔۔ ہےٚ ؤنتو۔۔۔ أمی مرکزی سرکارن تے پوشہ بیوٚل اوس وومُت یہ دٕ تر کتھ کنۍ وو پدیو، یہ ما اوس تو ملس ہٮ۪تی کأنسہ کنہ کڈِتھ دٕ تر بیوٚل رلوومُت ۔ یہ ما چھِ جودوگری، کھیل ختم تہ پیسا ہضم۔

بوزن والو تر ووہس ٹھاہ ٹھاہ کرتھ اسناہ مگر گُپہ کاکس پیٚیہ کینہہ لچہ ہندی پأٹھی ہسرِی یاد۔ تہٕ گوٚ وسُہ گوٚتن۔ أکی جنونی لیڈرن وۄن بلہ چأرس۔ فأتر نے آسہ ہکھ بہ خدا کرِ ہتھ قتل۔ یہ چھکھاہ مژرس منز اسہ خلاف بولان۔ اکِہ اکِہ ہیموو سأرنے حساب۔ کمی تام واتناوُ گُپہ کاکس شیٚچھ تہٕ کمی بلووبلہ چور۔

بلہٕ چأرس ژاو فرٹھ تہٕ پیوس لوکچار کی تم دوہ یاد ییلہ گُپہ کاکھ اوس اسہ پرناوان '' سارے جہاں سے اچھا ہندوستان ہمارا'' گُپہ کاکھ اوس نہ زانہہ تہِ اوٚنگجن

منز قلم تھاوتھ چار دِوان البتہ اوس سُہ اَکس لڑکس کُن وُچھتھ بیس چپاتھ لایان۔
میأنی کنہٕ یہ یاد کرتھ نیونس بلہ چاۂ ربہ تہٕ پانس ئتۍ۔ یہ چھ سنہ ۱۹۸۸ء تچ کتھ۔

گُپہ کاکنہٕ بیٹھک چھ وارِیاہ مشہوٗر مگر مےٚ وُچھ امہ دوہ گوڈ نچہ لٹہ۔ یتھ کُٹھِس پتچہِ آسہ ترأوتھ تتھ اُسی قالینہ۔ یمن لبن گُپہ کاکھ اوس پانہ لیوان تمن لبن اوس زائل بور کرِتھ۔ رنگ روغن تہٕ نووتالو دِتھ بُڈ کُٹھ نپہ نپہ کران۔ کُٹھِس منز اوس قیمتی فرنیچر تہٕ مگر گُپہ کاکس اوس اَکس کوٗنس منز سفید پشمینہٕک پھرن لاگتھ تہٕ میأنس بڈی بہ سندی آیہ دستار گنڈِتھ۔ یتھ کنہٕ بہتھ زن تہٕ لال منڈی ہندس عجایب گرس منز تھوٗمت اکہ نمأیشی ہُند چیز۔

گُپہ کاکن وُچھ اُسی تہٕ لوٚگ وننہِ۔ توہیہ آسوٕ بلیوارڈ وُچھمت۔ گلمرگ، پہلگام وُچھمُت۔ بیٚیہ بڈی ہوٹل وُچھمتۍ۔ یہ تہٕ چھُ تی۔ سجاوٹھ، بناوٹھ تہٕ دکھاوٹھ۔ پوشہ ٹوٹھ اوس ونان۔ گپکاریا شالمار بناوٕ ے اکھ بنگلا ہرگاہ مےٚ ئتۍ یکھ نہ امریکہ مےٚ وونُس، نہ بہ تراو نہ پنٕن پرُن تہٕ ماج کشیر۔ کتن نہٕ، نہ چُھ گوتُر بدلان نہ شکل، نہ صوٗرتھ تہٕ نہ زینہٕ جاے۔

ییژ ہن مأنہ نم۔ شُکر بھگوانس کُن۔ بیا کھ کتھ چھم نہ مانان۔ توہی مانہ رأوی تون۔ ڈیٚی توس میأنی یہ خوش بختی نہ تہٕ واپس۔ مےٚ چھے سوے پنٕنی بدبختی قبوٗل۔ ہرگاہ ژٕ یکھ واپس گرِ پنٕن۔ بہ رٹہ ہن تسُند نیچو بہٕس تہٕ کھیاون ہا کھ تہٕ بتہٕ۔ گُپہ کاکھ روٗدیٚیہ تہِ کہنتام ونان مگر مےٚ باسیوو زن تہٕ کشپ ریوٚش ژھنِتھ اوس پربتہٕ پٹھ کر بکہ دِوان تہٕ ونان۔ یکی یہ دیُت بتہٕ یا بنوٗق واپس نی تو۔

مےٚ دیہ توکھ پنٕنی شُری واپس مگر ۱۹۹۰ ء تس منز ژجو گُپہ کاکھ تہٕ اسہ ئتۍ۔

زہراہ چھ گوٗمُت پوٗشس نِش امریکہ۔

گُپہ کاکھ ہیوٚم از  پیتر کاکٕلی امہ موجوٗب یاد تہٕ کیازِ بلہ چاٚرۍ چھُ  پنہٕ نِس
طوٗپل خطس منز ہتہٕ لٹھ گُپہ کاکُن ذکر کٕرتھ یہ لیٛو کھمُت زِ تِمس واتہٕ ناوو یہ شیٚچھ زتسُند
مکانہ تہٕ چھُ بنیو ومُت زن تہٕ اکھ پانڈولر۔ سیرٕ کجابہ چھُ کھڑا مگر نہ چھِ دٲرِ نہ درواز تہٕ
نہ چھُ مکانس پش۔

ہرگاہ اخبار پٔرِتھ یا ٹی وی وُچھتھ تِمس پٔنُن گرٕ تہٕ پٔنُن گرٕینگ ارمان  چھُ
دِپٕتوس پانس ستی چھولہ دٲرٕ ٲنی۔ توے چُھم باسان بلہ چور ماہاوِ اسہ انہٕ  گٹہٕ منز
گاش۔



# یِہوے گۆ وسوٚد کاکھ

رسپشنگ ہنگ رنگ وُچھتھ ونہِ ہے کانٛہہ تہِ زِکورٕ وول آسہِ کانٛہہ سبٹھاہ پتہٕ بوٚ ڈمو ہنیو۔ اَسی اَس براٚ ژٕ ستی آمتی توٚ کنیٚ اَس اسہ زیادٕے پہن پیالہ برداٚری۔ لُکھ اَسی بسیار۔ یہِ وُچھتھ پیوٚ ومےٚ سُہ وخ یاد یٚیلہ خاندر اَسی کانٛہین منز کران۔ بتہٕ اوس ٹاکبن یا تچن منز دِنہٕ یِوان۔ ٹاکی اَسی وُرٕبلہٕ منز برنہٕ یِوان تہٕ محلکی بڈ کیولوکٹ اَسی تارٕ کانٛج لگاٚوتھ یم بتہٕ ٹاکی سبہ پیٹھ واتناوان۔ کینٛہہ کٹ اَسی گُنہ گُنہِ ٹاکس دمہ آلو۔ ئدری موگن تہٕ مرژٕ وانگن پکورٕ تٕلتھ نِوان تہٕ ڈلی ڈلی برشتھ ژھنان۔ سوٚدٕ اوس یمن کارن منز طاق۔ تِمس اوس بیاکھ مرضہ تہِ سُہ اوس پرٕتھ خاندرس واتان تہٕ تتہٕ کربکہٕ چکھ یتی کنیٚ لاگان زن تہٕ اوس سٕے اکھ ژُکی در۔ ژکہِ اوسس پرتھ جایہ فُٹھ نیرنک طماہ۔ تہِ زن گۆ وسُہ اوس یژھان زِلوٚکن ہنزٕن زبون پیٹھ گوژھ فقط سوٚدٕ کانٛہن کارنامن ہُند ذکر روزُن۔ یپاٚری تہِ سُہ پکہ ہے لوٚکھ گژھ پھسراٚے گرنی۔ یوٚ ہُے گۆ وسوٚد کاک سوٚدٕ کاکس اوس یہ تہِ زِ سُہ گوژھ موشوٗر آسُن۔

سوٚدٕ کاکھ پیوم یاد تہٕ آم اسُنا۔ ہر گاہ سُہ از آسہ ہے یتہِ تیٚلہ کیاہ زن کرٕ ہے۔ بہ اوسُس یہ سونچان یٚیلہ کمٕ تام ووٚنم۔ کورِ مول مہراہ چھ پانہ سالربن پرٕژھ گاٚر کران امہٕ برونٛہہ زِ بہ پرٕژھ ہا تِمس یہ سدارتھ جی کُس ہیٚو نفر چھ مےٚ گۆ وسوٚدٕ دوٚ نِظرٕ۔ ژھمہٕ کس زرقہ برقہ کرو نِس گاشش منز آومےٚ سوٚدٕ یُتھ لبنہ زن تہٕ سرسبز مرژٕ وانگن

ڈٕرس منز اکھ ووزُل نار مگر ژٕ مہ ٹھیومُت رُوانگُن ۔ بہ ما کرہا کینٛہہ غلط مگر گوٚبرٕ مائلی وونُم زِمیون سود یےٚ چُھ سدارتھ جی۔

اَندرِم شاہ رودُم اَندری تہٕ دِتُم ژٕ بتھ۔ اما یہ کیا سنا؟ سودٕ کیاہ اوس تہٕ کیاہ چُھ گومُت بنٕتھ۔ کھوٚ ردرا وخر ہنٕتھ، پاز بیوٗ ٹھس فِکِس پٔٹھ تہٕ گرٕ آو بگہٕ کیتھ ملکُک بادشاہ بنٕتھ۔ یہ قصہٕ اَس مےٚ نٲنی ونان۔ سودٕ نی اَزِچ شان تہٕ شوکت وُچھتھ چُھم باسان زِ سودس تہٕ چُھ کانٛہہ چمتکٲری پٲز یا جاناوار کلس پٔٹھ بیوٗ ٹھمُت۔ توٚے کنٕ چُھس کاژُرمس ازسونہٕ والو پٲٹھی پرہزلان۔

میوٗن گوٚتن گرٕھتھ ژٕ بتھ دیُن چھنہ ہرزٕ گٔری۔

سودٕ تہٕ بہ اَسی محلہ بٲج۔ لوکچار کی پٲٹھی اَسی یکوٹہ گندان درہ کان۔ سودُن مول تہٕ اوس میانِس مالی سندی پٲٹھی ماشٹر۔ دوشوے گرٕ اَسی ہیوِس ہیوی۔ تہٕ زن گوٚو پتجن پٔٹھ ہتھ اَسی ہا کھا بتاہ کھوٚان۔ اَسی یوٗت کیاز زِ محلکی تمام بٹہ تہٕ مسلمان اَسی تمن دوہن کم پایہ۔ کانٛہہ کانٛہہ بٹا یا مسلمانا اوس اوسوٕ حال۔ توٚکنٕ پتہ بجرچ پام دِنٕی چھنہ مناسب۔ ووٚنی گوٚو پتہ اسہ ہیوو ولوٗ کو پوٚرتہٕ لیوٚکھ تہٕ محنت گٔر۔ سودٕ ن کُملاونہ زانٛہہ تہٕ کٲر۔ سودٕ اوس ہمیشہ اسہ نِش بیوٚن۔ آسُن گوژٕھس سورُے کینٛہہ مگر کرٕ ہے نہ کھٔنٛزِ ہاو باو اوس تیٔتھ کران دپہٕ ہے انسان زن مُختہٕ نم چُھ۔

امتحان دِتھ نیر ہے تہٕ پاس اوس دِوان زِ کلاسس منز کیا شہرس منز چُھ فسٹ۔ ژکہِ اوس فیل گرٕھان۔ فیل گرٕھتھ اوس ونان، ہے کیاہ کرٕ ہا ضد کڈٕ ہسم۔ سودٕ اوس پننہِ مشہوٗری خاطرِ لوکچار کی پٲٹھی کُھشرِ پٲجامن زنگ ژٕھنان۔ تہٕ گرتھ تہٕ اوُسس نہ ہن روزان۔ ہرگاہ زانیوٗن زِ ماشٹر چُھ پریٔر پرن والین لڑکن ٹاٹھ نیر کران سودٕ

اوس دۆ یمہ دوہ کلاسس منز ٹانگہ دِوان۔ اکہِ دوہہ وونُس سکوٗلکی ماشٹر جین''سودا! ژھوپہ کرتا۔ مےٚ ہاژلبن لڑکہ تہٕ محلّہ وٲلی کرناوِنم مدرس بند''۔

سودٕ اوس مےٚ برونٹھے ژاٹہ ہال گژھان۔ مگر کالیج واتان واتان اوس زٕ ؤرِی مےٚ پتھ۔ سودٕ اوس نہ تیلہ تہِ پھٹہٕ مُت۔ ہوٚنی لٹکی پاٹھی اوس نہ قند پلس ترٲوتھ تہ سیوٚدگژھان۔ ڈراماٚ أسی کران تہٕ سودٕ اوس یارٕ بل ہتھس پیٹھ ڈائیلاگ بولان تتھ کنٕ یتھ کنہ بہ جہانگیر سندی ڈائیلاگ اوسُس یاد کران۔ اسہ ہے ہاکی یا کرکٹ ٹیمک سلیکشن تہٕ اوس کنٹینس منز اوس تتھ کنہٕ فرٕونان زن تہٕ سُے اوس کپتان۔ کُنہ دوہ اوس کالیج یِوان موگر پتلوٗن لٲگتھ تہٕ ریش تھٲوِتھ۔ کیاہ ساگوے،؟ یہِ اوسُس نہ کانہہ تہِ پرژھان۔ البتہ پانے اوس ونان زِمےٚ وُچھ لیلیٰ مجنوٗن فلم تہٕ بہ چھُس تس لیلایہ پتھ دیوانہ۔ تہٕ لاٚل کوس أس یہ لوٚگ نہ پٕے زانہہ۔ البتہ گرلز کالجس نِش پھٕرٲوِہس نل نکھ تہِ لوٚگ دۆ یمہ دوہ پٕے۔ موخصر اوس تتھی ووزلی نیلی کارٕ گرتھ أکس بہروپی سندی پاٹھی اکھ تماشہ بنان۔

اسہِ منز گٔیہ آڈی لڑکہ ڈاکٹری۔ أڈی انجینیری تہٕ آڈی بیوٚن بیوٚن ٹرینگن مگر سودٕ رُودٕ پننٕہ پلون تھہ کران تہٕ ونان زِوُنہ چھُ بیاکھ لسٹ نیرن وول۔ ژکہِ أس نہ سودن کُہم جماعژ تہِ پاس گرمژ مگر واریاہن ڈاکٹرن اوس گومُت یہ پرژھ نہِ زہرگاہ دندٕ ڈاکٹری میلہٕ ایڈمیشن مےٚ پزیاہ گژھن۔

کالیج ترووُن تہٕ اوس گرالینن کٹ ریش تھٲوِتھ دُکاندارن ہتی کمیزم دگان تہٕ گراسبندرٕ ٹیوٚک گرتھ ہونکہِ دوہہ مندرس پیٹھ بوٹن رأچھ روٗزِتھ آرٕ ہژ وچشمو وُچھتھ یہ باس دِوان زِمےٚ کُن وُچھتو بہ گوس سودٕ۔

فلمن ہُند اوُسس یوٗت اثر زِ گرا اوس سی، آی ڈی بنتھ گژھان تہ گرا طلسمی شہزادِ ۔ یمہ دوہ لگن اوس تمہٕ دوہ دِژن دارِ کنی کلہ کڈِتھ کرکھ ۔ '' نرٕ ٹاٹھِ ۔ یہ شادی نہیں ہوسکتی''۔ نرٕ ٹوٹھ یعنی سوٗدن بوے گوٚ وفینٹ ۔ ہوش آس تہٕ پرٕژھنس

''کیا با گوے؟'' دوٗ پنس ''مےٚ چھنہ داج رٹُن''۔

نرٕ ٹاٹھی ترووودش تہ وُنن مےٚ ۔ ''سودس لاگ تہٕ وُٹھن محلامہ پٹ نتہٕ گوٚو خاندرتہِ تہٕ میانہ جی پی فنڈُک رقم تہِ'' ۔ ژکہِ اُسی سودٕ نی بڈی بھاے کورٕ والبن روپیہ دِتھ کوٗر منجہ ہرٕ ۔ سودٕ اوس ہٹرٕ ہٹرٕ پھیران ییٚلہ مول گوس مُرتھ ۔ بأے لاگہ نو ووتھ وٗلز گُرتھ مائی سنز جایہ ماشرٕ مگر سودٕ کتہِ پُھٹہِ ہے ۔ سُہ اوس سکوٗل گژھان تتھ کنی ۔ یتھ کنی تمی لوکچارس انسپکٹر آف سکوٗلز مدرسہ مأینہ کران وُچھمُت اوس ۔ بہ اوُسس کوچہِ پھیرُ گُرِتھ دگ تھاوان تکیاز فرٹھ اوُسم روزان ینہٕ گنڈی تارولنہ ییم ۔

سرینگرٕ کس کأفی ہاوسس منز اُسی پرٕ ہتھ دوہ جان جان لکھ یِوان گژھان ۔ یمن منز اُسی آسان دأنشور، قلمکار، چتر کار، فن کار، اداکار، سیاستدان بیترٕ ۔ مگر یمن کینٛہہ نامور لکن اُندی پکی اُسی آسان واریاہ تتھ لکھ ییم ونان اُسی بُتہِ تی تی ۔ اکہِ دوہ وُچھ مےٚ سودٕ تہِ اتی ۔ سودٕ اوس گوبہِ گوبہ کتھ کران ۔ تہٕ مےٚ وونٛگھ ییم چھِ انقلابی شأیر جناب ''کأکل کشمیری'' مےٚ پرٕژھ سودس دندوتلی ۔ سوداپنٕن کانٛہہ تازٕ کلاما بوزناوتو ۔ اورٕ لوٚگ ونہٕ ۔ کلامہٕ چھ میانبن کاڈبن منز محفوٗظ ۔ وقتس پیٹھ پھٹہِ زن گگراین ستی ہبڈُر ۔ روٗدپییہ تہ تاف گلہٕ ۔

سودس باسیو زِ مےٚ ناوٕ پیے کتھ تہٕ تروٗن معنے خیز اُسناہ تہٕ دراو یہ احساس دِتھ زِ سقراط کیاہ ونہ جاہل لوٗکن ۔

واریاہ کالٕ سمکھیو مےٚ سوٚدٕ اَکس خاندر سالس پٔتھ۔ انتظام اوس کاشرِس طرٕقس منز یانے فرش تہٕ تھالن منز اَسی بأ گراون وألی اکہ اکہ سٔنٛز تراوان۔

اتھ سلسلس دوران اَسی ساہرا کھ اَکس ستی مختلف موضوعاتن پٔٹھ کتھاہ باتھاہ کران۔ اَمس سودس ستی اوس نہ کانٛہہ تہِ کتھاہ کران بہ تہِ نہ۔ تکیازِ سُہ اوس مےٚ نِش دوٗر پہن بہتھ۔ یُتھے میانس تھالس منز مونجہ آنچار تروٗکھ سوٚدٕنی آواز درایہ گاگرِ ہندی پأٹھی پھٹِتھ۔ انجینر صاب یہ گوٚو زہر۔ اتھ منز چھ آتُر۔ آتُر چھ معدس زۄد کران۔ یہ اَسی گوڈٕنچ لتھ یِیلہ مےٚ وُچھ سوٚدٕنی کتھ بوٗز ساروٕے غور سان۔ مے باسان امی دوہہ ما اوس سون اکھ لیڈر تھنہٕ پیومُت۔

اتھ قصس تہِ گیہ لگ بھگ داہ وٕری۔ تمہ پتہٕ گرٲژِنس سنہٕ نمتس منز ییٚہ اکہ لٹہ پرٕ گگرو گرٕ گگرن لار۔

اکھ طوٗفانا آو۔ کاروان گوٚو زن مُنتشر تہٕ گوٚو گوڈٕ ہجوٗم بُٔتھ۔ تمہِ پتہٕ لگی لوٗکھ ہوٚکھمن پنہٕ وٕتھرن ہندی پأٹھی اَڈی یوٗرتہٕ اَڈی ہور۔ تہٕ کینٛہہ زانہٕ بھگوان کور لگی۔ یم راز اَسی تمن گیہ وازن ہنٛز حالتھ۔ ژور ژور پور مکانہ والین پیوو گھمبن منز روزُن۔ اکہِ حسابہٕ پییہ یہِ اکھ ترٕٹھ۔ ییتھبن دوکھدایک حالاتن منز ہرگاہ کانٛہہ کانٛہہ خوش بخت گرٕ دھِ ہے نظرِ تہٕ سُہ اوس بذاتِ خود اکھ تُتھ احساس زن تہٕ گرمہٕ کرائیہ منز کانٛہہ ترُن تریشہ داما دِیہ ہے۔

سوٚدٕنی خوش بختی تہِ چھِ مےٚ شہجار ہیوٗ زن باسان مگر ییٚہ تہٕ ییٚہ چھُم یہ خیال کاڈبن ٹھسرٲے کران زِ سوٚدٕ اَہٕ کتھ کنی گوٚو بٔتھ سدارتھ جی۔

بہ اوسُس یِی سوچان یِیلہ سدارتھ جین زٕھُن مےٚ نالہ موٚت چاٲرِتھ تہٕ

لۆگ وننہٕ۔ ''انتظام کیتھ چھُ؟ ئدری وانگن تہٕ اولو چھ کشیر پیٹھ آءمتی۔ گژھ چھ سونہ
مولہٕ مگرمے انہٕ ناو۔ گژھ چھِ کاشر سبہٕ منز پہچان۔ کشمیریتک اکھ انگ''۔

سوٗدِ ماونہٕ ہے بیٚیہ تہِ کینٚہہ۔ ہرگاہ کینہہ وی آی پی لوکھ ییہن نہ تمی ساتہٕ۔
سدارتھ جی ڈوٗل نظرِ تہٕ میون نیچو آومےٚ نش دوران دوران تہٕ لۆگ وننہٕ'' ڈیڈی۔
یہُے مہاراہ چُھ تمہ بوگس کمپنی ہُند مالک یمی کاشر کالونی بنأونہ باپت اسی نشہِ تہِ داہ ساس
روپیہ ہڑپ کُر۔

یہ بوٗزتھ گوٚنڈُن مےٚ نار۔ باسیوٗم زن اکس جنگلس نارلۆگمت تہٕ اُسی
سأری اتھ منز دزان۔ دَگہِ کنی مادمہ ہابہ کربکھ مگر بروٚنٹھ کنہ ییتھےٕ شانتی ویرُو چھم وُٹھ گیم
ہوٚکھت۔ شانتی ویراوس نہ پرہزناونہٕ یوان باسان اوس زن تہٕ سُہ شینہ رزن منز
کریوٗہ ہنتھاہ کڈتھ اوس آمُت۔ یہ بچوٗراوس نہ سائر بلکہ اوس خیمہ وأژلس ہتی کأم
کرن والین منز اکھاہ۔ توٚے کنی اوس کھوٗژ کھوٗژ کتھ کران۔ یہ وُچھتھ زِ سدارتھ جین
روٗدُس بہ نالہ متہٕ سُہ آومےٚ نش امہ موجوٗب زِ بہ کرٕ ہاتس سفارِش تاکہ سدارتھ جی دِو
ناوِ ہے پننہ رسوٗخہ ہتی اَمس بچارس کانہہ یژتھ دار نوکری۔

خیمہ وول مہراچُھ مےٚ موضوٗر کرناوان۔ شانتی ویر ماونہ ہے بیٚیہ تہٕ کینٚہہ
تامتھ کوٚرتس خیمہ وأژلی ہابتھ۔ سُہ دراوگاشہٕ منز تہٕ گوانہ گُٹس منز۔

بہ روٗدُس شانتی ویرس متعلق سونچان تہٕ کُرسی پیٹھ بہوان باسیوم زن تہٕ گوس
ڈیمبس منز پھٔسِتھ۔ یاد پیوم سُہ وخ ییلہ شانتی ویراوس اسہ دوستن بٹن تہٕ مسلمانن پنٕن
گام بُلاوان تہٕ پننہ نِس ژوٗنٹھی باغس منز واژِ وان لأگتھ کھاوان چاوان تہٕ بچہ نغمہ
بوزناوان۔

دپان چُھس کوُن پھیرِ۔ کُس دیم تھپھ تہٕ کڈِم یمہ ڈیمبہ منٛزٕ۔ اکہِ طرفہ چُھ نار تہٕ بیٚیہ طرفہ گنٛڈی۔

نارس منٛز ڈٕزہم خوٗن تہٕ کنڈیو ءتی نیرہم رتھ پھٔرِ پھٔرِ۔ کانٛژھاہ ونم نا بہ کیا کرٕ۔

یموگرٕ ژھنٛزٕ کڈتھ تمن کرٕ واگراو کنہ سوٚدٕ کاکس ہیوٚہن آدمن دِموتھس۔ یم بے گرماٚ یگرنٹن چھِ گرٕ دِنک وعدہ دِتھ شاٗلی تار کھ ہاوان۔ یتھ کنٛی تتھ کنٛی گوٚ وسون سوٚدٕ کاکھ سدارتھ جی بٔنتھ، بھگوان زانان بہ کیا بنہ تہٕ شانتی وِپر کیاہ گژھِ بٔنتھ۔
کاش بیٚیہ تہِ کانٛہہ دیہِ ہے یمن کتھن ژٕبتھ۔

☆☆.

# پوشی ہنز کتھ

پوشی وُچھتھ چھ مےٚ پھوان پنُن لوکچار یاد۔ یتھ کنہٕ بہ پوشی سبٹھاہ ٹاٹھ نیار کران چھس۔ تتھے پاٹھی اوس مےٚ تہِ میون ماتا مالُک بڈی بب ماہ تہٕ میٹھ کران۔ بہ اوسُس تس لالہ ونان تہٕ مےٚ چھِ پوشی نانو ونان۔ یہ چھُ پزر زِ نانو چھُ نہ کأشُر لفظ مگر کروکیاہ۔ سأنی کأشر زبان کتہِ روزِ پننہ ہیرِ منز۔ راتھ اَسی پوشی گندان شُرہن ءِتی تہٕ ئِج وننہِ کس تام شُرِس۔ ''بہ چلاوٕے بال۔ اگر تمہیں چوٹ لگ گی تو میرے مٹہِ نہیں ہوگا'' پانے دِتو زبتھ۔ بہ کیاہ ونے پوشی، دپھ سامےٚ ون لالہٕ۔ لالہٕ اوس مےٚ ونان زِ زٕ چھکھ کتھ کتول۔ یہ کیاز۔ ہوکیاز، مےٚ کیاہ وون۔ یہ زٕنڈ ہے ترٲوکھ ٹاس کوٚت گو۔ زھوٚرِتھ اَسی محلہ وألی تہِ ونان مألس میأنس چھُ گوٚمُت کوکہ دِتم۔ تہِ زن گوٚو گوم نہ تہٕ گرِ ھم ما۔ بروٚنٹھ کنہ اوس نہ کانہہ اکھا تہِ بہران کینہہ وننس تہِ کیاز پگاہ یہ تہِ گرِ ھہ ہے سہ اوس تہِ کالے ونان۔ توٕے کنہٕ اَسی محلہ وألی تہِ تس تھی کتھ ڈالنہٕ خأطرٕ گونر دبہٕ ہنز کتھ کران تہٕ اسان۔ ہرگاہ تم یارٕ بل بُٹھس پتھ کتھٕ کران آسہ ہن یا مندرس منز کونسلہٕ کران۔

یہ گونر دبد تہِ اَسی پننی کنی نچھوأٹی اُٹی کڈ ہمٕ لوکھ اَسی ونان یہ گیہ بیاکھ کتھٕ کُتاجی۔ گونر دبد اوس نیچوزٕ ور۔۔ییلہ تس پُلسہ وألی رٔٹتھ اَسی نِوان سہ اُس بارودِوان

''بوزتٕ بابیہ لگِس بلایہِ۔ نیوٗ کھ رٛتھ زن چھکھ اُمی سند داہ۔ اُمِس بغاٗر زن چھکھ نہ کانٛہہ تہٕ اتھِ یِوان مگر بلالیہ لُجسس یہ سن ہبا چھکھ نیران تہٕ اُمسی نِش۔ وونی لگے بلایہ۔ ینہ کتھ کتھ گژھم، ینہ مارہم۔ گوڈٕ ونتم زِ ہرگاہ پُلسہ والٕی تسی رٛتھ چھ نوان یمی سندِ گرِسن نیران چھ تیلہ کیازِ چھنہ تمن تہٕ رٹان یمو میاٗنِس بانہٕ کٕھس لوٗٹ کوٚر رقباٗیِل ژٕلتھ۔ لوٗکھ اُسی اتھ پٮ۪ٹھ اسناہ تراوان مگر بقول لالہٕ میون مول اوس اتھ تہٕ دل دِوان۔ اہن ساتکیازِ نہ ?WHY

ییٚلہ بہ سکوٗل گژھان اوسُس لالہ اوس مےٚ آندی اٚندی پانس ستی چکرس نِوان مگر پرٛتھ وِزِ اوس افسوٗس کھیوان۔ سُہ امہ کِنی زِ بہ تہٕ اوسُس منٛز مجلسہ تِژھ کتھا دٲرتھ دِوان یمِ کنی ساٚری اُسی ونان مأکس ہیوٚ چھ۔ مےٚ چھُ یاد اکہ لٹہ اُسی اُسی لاری منٛز کوٚت تام گژھان۔ لالہٕ اوس بوٚڈ زمیندار۔ ڈرائیورس اوس سگریٹ چاوان۔ گاڑٕ منٛز یُس تہِ تس نمسکار یا آداب عرض کران اوس لالہٕ اوس تمی سنٛز کرایہ پانے دِوان۔ توے کنی اٚسس فرنٹ سیٹ میلان تہٕ بہ اوسُس زن تہٕ شہنشاہ آسان۔ لاری منٛز اُسی لوٗکھ بسیار۔ ژن ہنٛز جایہِ اُسی داہ بہتھ۔ اکھ اکس پٮ۪ٹھ ژبلہ ژرٕٹ گرتھ۔ تامتھ پٮ۪یہ مےٚ اکس سوارٕ ہنٛزِ کانگرٕ ژن نظر تہٕ بہ لوٗکس پرٕ ژھنہِ۔ لالہ ہرگاہ یہ کانگرٕ اُمِس پھِر۔ یم لوٗکھ کتھٕ کنی ژٕلن؟ ڈریورن تروو اُسناتہٕ وونُن۔ ''اٚخر دراو مأکس ہیوٚ۔ ژینے ہیوٚ گاٹُل نہ کانٛہہ۔ بیٚیہ لٹہ نیوٗ ہوس بہ زرمہ ستم دوہ بھگوان کرشن بناوتھ۔ امہ کنی نہ زِ بہ اوسُس شکیل بلکہ اُمی کنی زِ لالن اُسی مندرو والبن تہٕ فاقہٕ والبن خاطرٕ پننہِ باغہ پٮ۪ٹھ داہ باہ ژوٗنٹھ پیٹھِ سوزمٕژ۔ یمن حالاتن منٛز ہرگاہ پانہ بھگوان تہٕ آسہ ہے ٹکرس۔ ژوٗنٹھ برشان دِہانس یارٕ بلس برٕتھ۔ خیر لوٗکھ اُسی آرتی کران تہٕ مےٚ دِژ کریکھ۔ لالا مےٚ ہا آوزل۔

لالہٕ گوٚ وٕنجیل مگر کأنسہ وون نہ کینٛہہ ۔ زمیندار آسی غرٖیبن پیٚٹھ حکوٗمتھ کران ۔ زمیندار
آسی بٹہ تہٕ تہٕ مسلمان تہٕ ۔ یہ اوس میون مول تہٕ ونان تہٕ لالس اوس پھرٕٹھ پھرٕٹھ
روزان ۔ یتھ نہ زامترٕ س جیل ژٕھنن تہٕ تتہٕ ٹکہ ٹاھ کرناوٕنس ۔

میون مول اوس بڑی وار یاہ سوچان ۔ زیادہ سوچن وألس ییٚلہ نہ لوکھ سمجن
سُہ چھہ ہیوان پانے پانس ہتی کتھہٕ کرنہٕ ییٚلہ اُسی پٔنن گرٕتر آوتھ پأنی پانے جوم گیہ سُہ
اوس ونان تہٕ ونان ۔ پرٕ گٔگر آو گرٕ گٔگر دراو ۔ آمُن مُشک ۔ ٹٕک مانے گوٚ وکتہٕ تام ژُھ نار
لوٗ گمُت ۔ ریٚہہ چھنہ لبنہ ۔ یوان گوٚ وپھمبہٕ پھوٚتی چھہٕ دزان ۔

یہ گیہ کأنچ کتھا ۔ خأرتسندی کتھِ ''سُہ تہٕ وقتا بمن سلو ۔۔۔ یہ تہٕ وقتا بمن
سلو'' نہ وونی سو وبتھ تہٕ نہ وونی سُہ یارٕ بل نہ تم حالاتھ تہٕ نہ تم واقات ۔ نہ تم خدشات
وونی چھہ اُندی پکھٕ فقط پٔنٕنی آمتی ژھکر نہٕ ۔

بہ تہٕ پوٗشی اکھ اکس وٗچھان ۔ گرا اسان تہٕ گرا کتھٕ کران ۔
پوٗشی تہِ چھنا کتھ بلاّے کران ۔ توٚ ے ہیوم از بڈٕ ی ببٕ تہٕ پٔنٕن مول یاد ۔
وخ بدلیو ۔ پوٗشی چھٕ ترٕ وٕرٕش ۔ مگر سوال پٕژھہِ تم کران یمن پیٚٹھ بہ لالنٕی پٔأٹھی
ٹانہ ژٕتھ ژھس نہ ہبکان تہٕ نہ ژھس ہبکان مأ لی سندی پأٹھی سوچتھ یا سمجھتھ ۔

تہِ زن گوراتھ آیہ تہٕ پرٕ ژٕھن اٖز چھ بدلیمرٕ کأشرٕ زبأنی منز اوٗ ڈ کأشر ، اوٗ ڈ
ہندی تہٕ اوٗ ڈ انگریزی ''نانو ۔ اگر سورج میں نار ہے پھر کیا زِ چُھنہ برن BURN
گرٕ ھان ۔ اچھا اگر بارش سے نار ژھبتہٕ گرٕ ھان ہے تیا ہ کیا زِ چُھ نہ بم کولڈ COLD
گرٕ ھان ۔ ٹیل می Tell me نانو ۔؟

ازیٚلہ بیٚیہ ٹی وی ہس پیٚٹھ فرقہ دارانہ فسادٕ چ نیوز رپل ہاونہٕ آیہ سُہ اُنج گنہ

پوس والنہ۔ مجھے بتاو، یہ کیا گوٗ و؟ مےٚ دِژاو گوٗش تہٕ لجوٗس پنُن مضموٗن پوٗرٕ کرنہِ مگر ماجہ دۆگنس گاٹہ جارتہِ کیاز ِتمِس چھ باسان زِ اٗزی ِکس شُرس پزٕ اسہِ پۆ زوٗنُن ۔توے ووٗ نہ نس ''یہ چھ لڑائی چلان ہندی تہٕ مسلمان اکھ اٗ ِکس ماران''

پوٗشی گیہ حاٗران۔ ِکل ایچ ادر Kill each other

ماجہ ووٗ نہ نس ''لیس۔ ِتتھے ہووُ کھ ٹی ویس پیٹھ رتہٕ کھلہ گاٗمژ شُر بن ہنزٕ لاشہ۔ پوٗشی ترہرے یہ۔ تمہ ژھُن ٹی وی بند گرتھ تہٕ ژایہ مےٚ ہیِٚس۔ مےٚ کۆرمس پوٗتاہ تہٕ پرُژھمس۔

''پوٗشی ون سا۔ کوسہ کتھ بوزکھ، ہنومان کی کتھا، جادوگر کی کہانی کنہ سنڈریلا کی سٹوری''

پوٗشی اُس دم پھٹِ تتھ کنی یتھ پاٗٹھی جمن منز روزن واٗلی ماٗ یگرنٹ شامہ پیٗتی دم پھٹِ گرژھان چھِ۔

بہ بامبر یوٗس تہٕ رودُس پرژھان پوٗشی۔ ''کتھ کری''۔

آخر پرۆژھ ئمی ''نانوٗ اُسی چھا ہندو کنہ مسلمان کنہ کشمیری''

یہ سوال بوزِتھ وبسر یو مےٚ اتھٕ منز قلم۔ بہ گوس دم پھٹِ تہٕ لوٗگس سوچنہِ ووٗنی کیاہ لیکھٕ بہ کشمیر یتس پیٹھ۔ لالنٕ حکمراٗنی۔ ماٗلی سنز بے چینی۔ پنٕنز بدحاٗلی کنہ پوٗشی ہنز سوالُک جواب۔

باسان چھُم اصل مضموٗن روٗداڑ لیۆک۔ ☆☆

# کتھ منٛز کتھ

بہ اوٗسُس گوٚمُت ڈاکومنٹری بناونہِ تہٕ وُچھم خیمس منٛز زن تہٕ اکھ ٹائم کیپسول۔ گرمہٕ کرائے اَس اَندی پکھ اوس ترٛٹھ بُزناہ۔

مےٚ یم سوال لیکھتی اَسی اَنی متی تم گیم اَڈی مشتھےِ تہٕ یم یاداشت مٹلن راشن چھامیلان یارلیفہٕ چھامیلان، رودِم پرٛزھنے۔ خیمس منٛز اَس اکھ شیپتہٕ وٕہر بُڈٕ تہٕ اکھ لس زِترٛ وٕری کاَنژ بُڈی۔ دوشوے اَسی باسان زن تہٕ مصرٕ کِبن پرامیڈن منٛز تھاَومٕتہٕ ممیہٕ۔ اَچھن ٹٹوار کرنہٕ بغاَر زن تہٕ مُدے لاٗگتھ وُچھان۔

بہ وُچھتھے آیہ دوشوے حرکتس منٛز۔ بُڈٕ لوٚگ پاَژ ھ لونچہٕ ستی گردِ ڈکہٕ وتھراونہٕ تہٕ گردِ اَچھ وتھراونہٕ۔ کیمرا رُودچلان تہٕ بُڈٕ رود کیاہ تام ونان۔ مےٚ باسیوبُڈٕ ما چُھ پنٛنی دوکھ تہٕ سنکٹ دوٗر کرنہٕ موجوٗب اندراکھی پاٹھ پران۔ نتہٕ ماچھہ تنتر منتر وران۔ ژکہِ اوس بُڈٕ دندوتلی بیٚیہ تہٕ بیٚیہ اَکے کتھ ونان مشین نے رِکاڈ نیٚیہ ہے گرتھ تہٕ مےٚ کتہٕ لگہ ہے پےٚ یہ ونان کیاہ چُھ۔ بڈہ اوس کتھ جوراوٗنتھ دم پھٹٕ گژھان۔ پتہٕ زن فرکھ تراَوتھ بیٚیہ تہٕ کینٛہہ ونان۔ وخ لوٚگ واریاہ مگر مےٚ نیوٗ سورُے جوڑتھ۔

بُڈٕ اوس ونان بہ چُھس کاشُر۔ کشپ ریشی چُھ جدٕ بُڈٕ بب تہٕ خضر پیر چُھم پترٛ بُڈی بب۔ تُسند گوبُر اوس سبٹھاہ رُت۔ ۱۹۸۵ اتس منٛز کوٚڈنس آولنہٕ منٛز۔ ستی

وونہ نم۔ یہ وُنہ کنس ونکھ تہِ دریاوس۔ یہ پتہ ونکھ تہِ مےٚ تہٕ میانٮن بچن۔

مدن وارٕ کتھ رٹھ وارٕ۔ ڈونگہ نہ دورٕ۔ پلیے تہٕ بیٚیہ کُنہ بُٹھس لگ۔ یہ نہ پرارکھ۔ بوز وارٕ بوز۔ یتہِ روُد کھ تہٕ موُد کھ۔ بہ تہِ کیاہ کرے تہٕ یَیلہ بُٹھس پٮ۪ٹھ آسہِ نار تہٕ دریاوس منز گتھٕ۔ واونتہٕ آوُلن۔ مےٚ دوٗپ اپزُ ے چُھ ٹھٹھٕ کران۔

واوکورُن۔ یپرٕ گوم ڈوٗ نگہٕ۔ ژٕ بتھ چھس دِوان تہٕ ہیوٚ ر چُھم ہوکھان۔ زاس کتہ تہٕ کوٚت ووٗتس۔ باسان چُھم سورُے عالم دزان۔ نچوتہٕ نوش چھِ کربکہ دِوان تہٕ بوزن وائلی چھِ اسان۔ دپان بلاوجہ چھ ٹوٚنگہ دِوان۔ مےٚ چُھ ہیوٚ رہوکھان تہٕ شُر بن ہندی شُری چھم ترٮ۪ش منگان۔ کرٕ کیاہ۔ پانہ چُھس پھیاہ پھیاہ کران۔ بُڑٕ روٗدبیٚیہ تہ کھتام ونان۔ بہ تہِ روز ہابوزان ہرگاہ بُڈی پیرٕ ژھٕ ہیم نہ۔

”ژٕ چھکھ ناکائشر۔۔۔آ۔۔۔انہار کنٮ۪ پرزنو وکھ۔ دوٚپہ مےٚ ہبانچہ پٹرٕ ما چھےٚ۔ بلایہ لگے۔ یہ ونتم کھبرٕ ماوس کرچھِ؟ اِدٕ یتہٕ یوٗت تتہِ پراروبیٚیہ کینٛہہ وخ تہِ۔۔۔۔پنٛڈتس چُھم گرم سخ ستاوان تہٕ ونٮ۪ کیٛن چُھ وبسران۔ کروکیا؟ یتہِ ماچھ کائنی تہٕ نہ چھ گرکی پاٗٹھی یارٕ بل بُٹھس ڈب۔ ستم آو۔ پنڈت گو دماغی۔ عادت ماوُسس۔ گرم گیوس تہٕ ٹکہِ اوس کھسان باغس پٮ۪ٹھ۔ اِدٕ ترٲ وِ ہے ژوٗ نٹھ کجہ یا ڈوٗنٛی گلِس تل ڈاپھ۔ توٕ ے اوس نہ تتہٕ وولان۔ دپان چھس اسا کنہٕ ودٕ؟

ہرگاہ مٔرتھی گوٚ و۔ زبُن چُھنہ حاجتھی۔ سوہم سو۔ ژٕ اس با۔ ژےٚ کیاہ چھے۔ مےٚ مالگہ اسُن۔ نیچوتہٕ نوش ہے ماربم۔ گوڑ کیاہ۔ تتہٕ اوس نارٕ کھوٚ ڈ۔ یتہٕ چُھ پل۔ پلن تل سرپھٕ کھوٚ ڈ۔

بہ چھسے پراران کھبرٕ ماوسہ۔

بہ بناوہا شروٗزِی پاٹھی کھژرتہٕ پرار تو تام یوتام پچھ ییہ۔ سُہ لگہِ کھژر کھنہٕ تہٕ بہ لایہ کُنی ووٗڑھ تہٕ تٔمس کلہ پٹھ ہارِٹوٗپی !!

سُہ ونیم بلایہ لگےٕ۔ ٹوٗپی دِتم واپس۔ بہ آنپہ ناون۔ یہ منگہ ہیم تہٕ دِمے۔ دایہ موہنوی۔ ایشوری، رازنی۔ بہ وٗنس کُنی کتھ۔ ٹوٗپی دِمے تیٚلہ ییٚلہ اسہِ نِکھ پٹن گرٕ۔ اَسی واتو پٹن گرٕ۔ پنڈتھ تیہٕ کانگر۔ یہ چھناٹرکیٚت تہٕ لیوٗ ژ۔ اِد کیاہ۔ ییٚلہ پنڈِتھ کھنیہ وارٕ ہُند ہا کھا۔ پننہ چلک زگ بتہٕ مونڈاتہٕ ستی چکہٕ دوڈ تہٕ ووزٕ ج ووزٕ ج ڈوٗنی چٹنی۔ اِدٕ وُچھ تہٕ کتھ کنی لاگہِ اُسن تہٕ گندٕن۔ نژن تہٕ گوٚن۔ ہی مائل نا گرائے۔ اکہ نندٕن۔ للہٕ واکھ۔ زِنی موضوٗر تہٕ کرالہ کوٗر۔''

شام گو۔ اِڈ لچ کتھ ترا وتھ ییٚلہ بہ درس لی سونچان سونچان زِبڈ ما اوس وخ۔ بڈی زندگی تہٕ پچھ آخری وومید۔ تامتھ ژٔھننم اَکی ژھوٹینگن زنگن تھپھ تہٕ لوٚگ وِدنہ تہٕ وننہٕ بہ چھُس کھوژان توے چھُس ژھپہ ژھپھ کران۔ یہ ٹوٗپی ننہ پانس ستی۔ یہ وُچھتھ چھم ہوٗنی ووتھان۔

انہ گوٚٹ اوس گومت۔ یہ کُس اوس۔ لوٚگم نہ پے۔ یہ کُس اوس توے بیوم پرژُھن۔ ژٕ کُس چھکھ؟

ودان ودان ییٚلہ ہیکِی لکِس تہٕ وُنن

''بہ تہٕ چھُس مائیگرنٹ تہٕ اصل ناو چھُم پچھ''

یہے اَس کتھٕ منز کتھ۔



# ڈھکھ ڈھکھ

لو کہ چارِس أس شمس پراران پران ہند رپھوان۔

از کل چھِ تِمس پراران پراران ہند رگلان۔ دُہلی گاشس چھِ تِمس براۓ نتھ گژھان تہٕ شام گژتھ چھس کن تہٕ کل برس کُنے روزان زِ کر گژھ ہ، برس ٹھس تہٕ سُہ وچھِ یہ کُس آو۔

لو کہ چارس منز اوس سُہ پراران زَ کریٚیس موج تہٕ تراوِ بوس لوٕژ ادنہ خاطرٕ تُسند وچھ ژٕٹتھ تہٕ پرژھبس ژیٚے کیازِ ترو وتھس بہ کُنے زُن۔ تیٚلہ ما اوس تس پیٚ زِ تسنز موج چھِ پاگل خانس منز۔ ستہٕ ورشی کوٕرِ کُس ونہ ہے زِ پزر کیاہ چھُ۔ توٕے کنہ أسِس تنبلأوتھ ڈالان۔

از تہٕ چھُنہ تِمس یہ پیٚ زِمیون نیچو کتہٕ چھُ۔ پیٚ تہٕ گوژھس آسُن تہِ کیازِ سُو چھنہ شُر بلہٕ کہ چھِ وُہ ؤہرِس أکس نوجوان سنز مأج۔

شمن چُھنہ پننہ حسبہ ینہ پتہ اکھ دوہ تہٕ تیتھ وُچھمت ییٚلہ سو اسن کھنگالہ تراۓ وتھ فرکھ ہیوٚ تراۓ وِہے۔

بدبختی روزس پرٕ بتھ وِزِ تُلر بن ہندی پأٹھی أندی پکی روزان تہٕ ٹوٚپہ دِتھ جسمأنی ایزاہ تہٕ ذہنی عذاب دِوان۔

شٕمہ یمہ دوہ زایہِ تمی دوہ گوٚو کشیرِ منٛز شاہی راج ختم تہٕ عوٲمی راج شروع۔

ژوٚپٲری اوس چراغان تہٕ تہندی ماٲلی وون محلّہ والین زِ ژھواہ شمع کتہِ ٲسی

ژیف دِتھ ییتین ؤری ین۔

لۄکن گوٚو یہے ناوٕ رِتھ تہٕ وُزملہِ ہش ٲمِس کورٕ تھوٗو کھ شمہ ناو مگر ییٚلہ شٕمس

ہارٹ فیلہ سٟتی مول گوٚو مٕرتھ کینژ ولوکولوٗگ یہِ وٕنن یہ کوٚرکتہِ چھ گٹہِ منٛز گاش کرن واجنی

شمع۔ یہ چھ تیٚلہ رُس ژوٚنگ یُس زوٗرِس پیٹھ تھاوُن لایق تہِ چھِ۔

اتھ کتھِ اوس سرون مانے۔

تہِ زن گوٚو ییٚلہ قبایلو شمہ نِس ماٲلی سُند ہمنوا تہٕ ہم خیال یارِ جانان مقبوٗل

شیراونی ورمُلہ بے رحمی سان قتل کوٚر۔ تٕمی ژول نہ یہ صدمہ تہٕ ؤچھن کینٛہہ وننہٕ برۄنٹھے

ٲچھ۔

شمہ نہ ماجہ ییٚلہ سُہ نفر یُس انقلأبی نعرٕ دِنہ وِزِ سہہ سندی پٲٹھی گربزان اوس

یتھ پٲٹھی ژھوٚپہ دم گرتھ وُچھ۔ تمی ترٲو باکھ تہٕ روٗز پاگل خانس منٛز فقط ودان تہٕ

روٗنس نادِ دوان۔

شمُن ذکر کرن والی ٲسی وارِیاہ مگر فکر کرن وول نہ کانٛہہ توٕے کٔنی روٗزسو

ودمہٕ مشکلاتہ کٔمن بالن کھسان تہٕ وسان۔ تسُند دود دگ وُچھتھ ٲسی لُکھ اکھ اکھٕ رکس

سٟتھ لڑایہ کران۔ پوٚز کانٛہہ اوس نہ تس پرژھان زِ زخمن ما لاگہٕ ہوے دوا۔

شمس اوس پانس تہِ باسان زِ سو چھ زہر اپڈر ژھوٗنٛڈ۔۔۔ مطلب بد بخت۔

اپُز کیاہ اوس۔ لوکہ چارس یہ گیوو تہِ گیوو۔ ٲمِس بچارٕ نہ پوریوڈ بکہ تہٕ نہ

ڈمبہِ۔ شمہ نِس خاندارس ٲسی نہ گرٕچ بدحالی بوزنہ یِوان بلکہ اوس زن تہٕ ایکسرے

مشین ہیتھ نیران صبحس تہٕ یوان رأ ژ پھرن۔ یہ وننہٕ زِ ازتہٕ وُچھم ڈلس منز شکارٕ بٹھس

پیٹھ۔ لُکھ چھِ جہازن منز وُڈان۔ جہاز ہاوِ جیک کران مگر کانٛہہ تہٕ چُھنہٕ مےٚ ءتی

وو کھلی پکِتھ وُچھان زِ کانٛہہ دوہ موضوٗر کرن وول ماچُھ فاقےٚ۔ کیازِ چُھنہٕ کانٛسہٕ سُہ

زال بوز نہٕ یوان۔

اَمِس قابل پروفیسرس چھ جندٕ لاریمتی تہٕ کیازِ ناوِمس پیٹھ ترٕءتی ہٹہٕ ہٹہٕ

کرن واجنہٕ ہانزٕ نہٕ پٹِن فرن نالہ کڈِتھ دِنہٕ وآلِس چھِ پننہ کالجکی لُکھ ونان '' یہ چھ

ژھانڈان چھاتھےٚ لاےٚ تہٕ چوٗنی کوٗت گوٗو ''

یتھس نفرس گژھِ نہٕ سِلہ تہٕ اِدکیاہ گژھِس۔

نیچو چُھس ذہین مگر ڈونیشن کتہٕ انہٕ۔ ماجِ چھِ بےٚ بس تہٕ لاچار۔ تہٕ مول

چُھ اصوٗل پرست۔ یمن سُہ پرناوان اوس تم بنے یہ ڈاکٹر تہٕ سُہ چھ تمن تھی کنز

وُچھان زن تہٕ دارکنی کلہٕ کڈِتھ تارکن تھف دِنہٕ خاطرٕ وُپھ تراونی چھ یژھان۔

سوچان یِیہ ناکانٛہہ پرِیس مےٚ واتہ ناوہےٚ کُنہ یتھس تارکس پیٹھ یتہٕ ڈلہٕ

پل۔ مہرٕ ترل تہٕ کنہٕ چھل بنان آسہ اتھٕ لاگتھ سوٗن۔

یمِس کٔتِس یہ ژاوکاڈبن سُہ کتہٕ روزٕ بند کمرن منز ماٗلِس ماجہ ہُند دوکھ دود

وُچھان۔

آزِچ راتھ چھِ زیادےٚ کڈر۔

نہٕ چُھ برنہٕ ٹھس گژھان تہٕ نہٕ چُھ دویو منز کانٛہہ یِوان۔

شمہٕ چھِ اوٗش ؤتھراوان تہٕ تہِ گرتھ تہٕ پراران۔

ژوپارٕ نہٕ زُن تہٕ نہٕ زانپن۔ فقط ہوٗنی وونگان۔

ازتہٕ چھُ ناشہرس منز کرفیو۔

یہِ سوچتھ زِ دوشوٕے مألی پوتھر آسن کُنہ ووکھ جایہ پھٔسِتھ گأمتی۔ شمہٕ اُس گرٕ کھنجہِ فرکھ ہیوٚ ترااوان مگر یانٔ صجس یہِ گوٚ وتہِ یاد پیوٚ وان چھُس شمسؔ چھِ ترٕ گنڈی پھٹان۔

شمُن نیچو واوس پھلہ وأے گومُت۔ ماجہ مألی سنز کتھ اُس نہ تس ہٹہِ وسان بلکہ اوس سُہ واریاہ فرہ تہِ ونان یمہٕ ستی مألِس تلاطُم ووتھان اوس تہٕ دوشوٕے اُسی اکھ اَکِس ستی لفظی جنگ کران۔

شمہٕ اُس وولان تہٕ گراہ اُس مألی سُند پھیوٚک رٹان تہٕ گراہ نیچو سُند۔

صجس اوس شمس کہتام خاندار مانہِ روومُت زِ تمی سُند مالہ نیک مکانہ کُنِتھ سوز ہون کُنے نیچوٹرینگ کرنہِ۔ توٕے کنٔ اوس شمس ووزُل نیوٚل بوزنہٕ پوان تہِ کیازِ سوئر چھِ اکہِ سیاسی پارٹی ہُند دفتر۔ فرٹھ اوسُس زِ تموما آسہِ ہبس وٹھ کھوٚر دُیتمت۔

یہِ چھُ شمس پےٕ زِ شایستہ کلام کرن وول پروفیسر چھُ اصوٗلن خأطرٕ ژیٖل ہوٚن بنان تہٕ پانے چھوٚ کہ لدگرٕ ھان۔

اجہِ رأژ ییٚلہ برس گوٚ وٹھکھ ٹھکھ۔ شمُن مُژ وو بر یہ زأنتھ زِ خاندار ما آسہِ آمُت مگر اکھ پُلسہ افسرو چھتھ لُجی تمس وانجہِ تھف۔ اَمی نفرن دیُت شمس اکھ خط تہٕ دراو۔

شمہ گیہ روٗزِتھ ییٚلہ پُلسہ افسر گوٚ وانہِ گٹس منز غاب۔ بردِتھ ییٚلہ شمن خط پوٚرتس باسیوٚ بجلی گاش اُستھ تہٕ انہٕ گوٚٹ۔ خط اوس امی پُلسی افسرن لیوٚ کھمُت۔

یہِ رُت انسان چھُ کرتام اوسمُت امتحان دِنہٕ خأطرٕ فیسہ باپتھ پنہٕ نِس مألی

سنز قدیم مذہبی، تمدُنی تہٕ توآریخی کتابن ہُند ذخیرٕ کٔنِن یژھان۔ تمہٕ وِزِ چھُس شمنٕ

خاندارن ٹھاکھ گرتھ پننہِ چندٕ فیس بوٚ رمُت۔ آمی پُلسہ افسرن اوس پنُن محسن تمہ وِزِ

وُچھمُت یمہ وِزِ سہٕ اکس نفرس ہتی پنٕنی بوکہٕ وٗٹ کنٕنچ کتھ کران اوس۔ امہ بروٚنہہ زِ یہ

افسر واتہٕ ناوہے پروفیسر صاٚبس گرٕ کتہِ تام گوٚ وبم بلاسٹ تہٕ لوٚگ کرفیو۔ خطس منز

اوس یہِ لیکھتھ زِ تمِس چھ اندازٕ پروفیسر صاٚب تہِ ما آسہے پکان ییلہ تمِس رتھ ؤتھ آوتہٕ

شہلیو۔۔۔۔ خطُک اصل مقصد اوس یہ زِ پُلسہ افسرن چھُ یہ رپوٹ ؤرج کوٚرمُت

زِ پروفیسر صاٚب چھُ دہشت گردی ہُند شکار گومُت۔ تیمیٚک مانے یہ اوس زِ شمّس میلہِ

روپیہ لچھ تہٕ بیٚیہ ماملس نیچوٗس ٹرینگ کرنٕچ سیٹ۔

شمہٕ اُس ودان ودان اسان تہٕ اسان اسان ودان۔

بُرنز کھنڈ گوٚ وتہٕ بیٚیہ گوٚ وُٹھکھ ٹھُکھ۔

شمّس باسیوزن تہٕ آس نیچووِیہ وننہِ زِمیون مول چھُ زندٕے

یہٕ اُس شمن آنپہ گی۔ یہ اوس اکھ نقاب پوش۔ یہ اطلاع دِنہ آمُت زِ شمن نیچو

چھُ اپوٚ رتوٚ رمُت مگر پننہِ نس ساتھی ہندس ماٗلی سُند بدلہٕ ییٚہ جُلد ہنہٕ۔۔

سُہ گوٚ ویہِ تاکید گرتھ ینہٕ سہ یہِ ونہِ کانسہ زِمیون روٗن اوس دہشت گردی

خلاف بلکہ اوس اکھ انقلاٰبی یمی پنُن گُنے نیچوتہٕ کوٚر انقلابین حوالہ اکہ مقصد خاطرٕ۔

اُمی نفرن تر وور روپیہ بنڈل شمّس کھوٚرن تل تہٕ دراو۔ نقاب پوشن تھوو بردِتھ تہٕ ژوٗل۔

میون نیچو تہِ چھا اکھ دہشت گرد۔ یہ کتھ سنٕہ یہ شمّس تتھ کنٕز زن تہٕ وانجہِ اکھ

میخ۔۔۔۔۔ گاش آو تہٕ پُلسہ افسر روٗد برس ٹُھکھ کران۔ پوز برگس مژراوٕ ہے

شمہٕ اُسی کرتام ژھبتہٕ گاٚمژ۔

☆☆

# شِشر گانٹھ

زاس کتہِ تہٕ ووتُس کور۔ !اوُسس کیاہ بنیوس کیاہ! یوٚ ژُھم کیا، کورُم کیا!
ووتُس کوٚت تہٕ ووٚنی گرٕژھ کور۔ شِشر گانٹھ وُچھتھ چُھس بہٕ یی سوچان۔

شیٹھ کالس منٛز چھ انسان تہٕ حیوان شروٗ کتھ گرٕژھان تہٕ شِشر گانٹھ بنان
تہٕ دوہ کھوٚتہٕ دوہ زیٹھان۔ یوٚتے یوت نہٕ۔ یہ چھ زن تہٕ بچہ کشی کران تہٕ وُچھان
وُچھان زن تہٕ اکھ خاندان بناوان۔ پوٚزتاپھ وُچھتھ چُھ یہ خاندان وُچھان وُچھان
گُلتھ گرٕژھان تہٕ باسان زن تہٕ تاپس ہتۍ رٔلتھ آب بنان۔

مہاتما جی اوس ونان یتھ پاٹھی گلُن یا مرُن چُھ خوش بختی ہندشریر تراونک
اکھ قابل رشک طریقہ۔ تہِ کیاز گرٕژھن وول چھُ گرٕژھان نہ چُھ کانٛسہ ہنز باکہٕ
بوزان، نہ قصیدٕ بوزان تہٕ نہ غابتھ بوزان۔

ییٚلہ سُہ پرٕژھ گیانہ چہِ کتھٕ میانٛس مالِس بوزناوان اوس۔ باسان اوس زِ
تس تہِ اوس یوہے شوق یا ارمان زِ سُہ تہِ گوٚژھ شِشر گانٹھ آسُن۔

مےٚ اوس وَندٕ خوش کران تہٕ بہٕ اوُسس پنجرٕ دارِ پیٹھ لگاوی مِتِس کاقدس
اوٚنگجہِ ہتۍ زوٗدُ گرتھ سانہِ کُچھِ ہندِس پشس ہتۍ الانٛز شِشر گانٛٹہٕ بڈٕ چکہٕ چاوٕ سان
وُچھان۔ مےٚ آسہٕ شِشر گانٛٹہٕ وُچھنہ سبٹھاہ خوش لگان۔ زہرا یہ زانتھ زِ بہٕ اوُسس

أ کِس تِتھِس کُٹھِس منز بھتھ یتہِ بُخٲری أ س تہٕ ترانداراژ ہے نہٕ۔

پۆز ازتہِ چھس بہ أ کِس وُشنس کمرس منز از داہو دوہو پتھ روٗزِتھ۔ یہٕ ہرگاہ مُشراونہٕ مے لگہ نہٕ تہِ پے زِ نمبرٕ چھ شین پیوان تہٕ میانس پشس ہتی چھِ واریاہ شِشر گانٹہٕ اویزان۔ یمن وُچھتھ چھس بہٕ از ترہران۔ تتھ چھُ اکھ وجہ یہ زِ سون بنگلہٕ اوس محلس منز ترشہ جایہِ پتھ از برونٹھ پنژاہ وٗری۔ یتھ برونٹھ فقط لوکچہِ تہٕ بُرزٕ پشہ واجنہِ لرِ آسہٕ۔ أندی پکی أسی رَبہِ کوچہ۔ پۆز سائنس گرس منز اوس ٹانگہ تہِ اژان۔

میون مول اوس تحصیلدار! دپان سُہ اوس اکھ انقلابی۔ بہ زاس تہٕ میانی موج موے یہِ یہِ یلہ بہ اوسُس ترٕ وُہر۔ محلّہ واؔلی أسی مے ونان موٗلہ کٹھ تہٕ گرِ کی أسم فنشِل کٹھ ونان۔ پۆز مول اوس مے سخ رچھان۔ میانہ باپتھ اوس سُہ پرن تہٕ فقیرن پتہٕ پتہٕ پکان، مہاتما جی تہِ اوس تمِ خبر کتہِ پتھ گراوٗ نمُت۔ خاص کٔرِتھ امہ موجوٗب زِ بہ لگہ ناوٗ ژھہِ وانجہٕ ہتی پرُن لکھن۔ پۆز مے اوس مہاتما جی سنز کتھ بوزٕنس زیادٕ مزٕ یوان۔ یہ چھُ پزر زِ سُہ اوس مے سبٹھاہ ٹاٹھنیار کران تہٕ بہ اوسُس تمی سنزٕ سارے کامہِ کران۔ تہِ کیازِ یلہ مے مول گوٗ وسورگہ واس میانہ پتر بوزرنو ونہٕ سُہ سائنس گرس منز زیادٕ کالس۔ مہاتما جی اوس کراہٕ شتہِ کران۔ توٗ ے کنی لوٗگ نہ مے پتہ ہے زِ اکھ آشرم کتھ کنی گوٗ وبٕتھ۔ مہاتما جی یوٗرتہِ گژھ ہے۔ مے اوس پانس ہتی نوان منزٕ اوس مے باسان زن تہٕ بہ اوسُس لوٗکٹ مہاتما۔

بہ گوس کالیج مگر کیمبرن رتبن۔ کالج تہٕ پرُن پیوم تراوُن۔ امہ موجوٗب زَ لٔڑکہ گٔییہ پۆزٕے پرناون واؔلی تہٕ أسی مے کراماتی کُٹ ونان تہٕ أ سم کھورن تھپہ دِوان۔ کالج ترٲوِتھ گوس بہ مہاتما جی سُند خاص چیلہ بٕنتھ۔ مے اوس شوق گژھان زِ بہ

تہِ کرہا تہِ یہِ میانہ وآنسہِ ہندی کُٹ کران چھِ ۔ تہِ زن گوٗ وَنِد ہا۔ درو کہ ہا۔ فاشن کرتھ میلہٕ ہا تہٕ کرٕ ہا کتھا باتھا تمن کیٛن ٲتی یمہٕ مےٚ تہِ سوامی جیٚنتھ میانی کھوٚرؤٹھ چھ پرِژھان ذاتی سوال تہٕ ودان تاکہِ مےٚ ییٚہ ناعارتہٕ کرٕ تمن حلِ مُشکِل۔

مےٚ اوس نہ یہ تماشہ کرُن خوش کران۔

پاٹھ پوٗزاہ کرنہٕ بغار فقط اکسی کراماتی مہاتماسنزٕ خدمتھ کرنہٕ ٲتی چھا کانٛہہ مہاتمابنان؟ یہ اوسُس بہ اکثر ووش تراوان تراوان سونچان۔

ژکہِ آسہِ ہے نہ مےٚ مہاتما جیٚنِن کتھن معانے تہِ کرُن تگان مگر بہ ییٚلہ آشرمس ینہ والین اکسی طوطہ ہندی پاٹھی تمے کتھہٕ بوزناوان اوسُس تمہٕ ٲسی مےٚ اتھن تہٕ کھورن ماہ تہٕ میٹھی کران۔ تہٕ کرمن ہنز کتھہٕ تتھےٚ پاٹھی بوزان ییتھ پاٹھی ارزن دیو اوس بھگوان کرشنہ سنز کتھ بوزان۔ ٲسنی لایق کتھ اس یہ ژِ تہنزٕ کتھہٕ بوٗزِتھ اوس مےٚ پےٚ لگان زِ مےٚ کیا اوس وونُمت۔ تہِ زن گوٗو بہ اوسُس بقول مہاتما جی گنبدٕ چ صدا بوٗزِتھ یہ زانان زِ ٲسی چھ ساری اکس کرمہٕ کانڈس تحت زبوان نہ مران۔ داسہٕ داتراند واتناوان۔ دارٕ ہورٕ ےنکھٕ والان۔

بہ اوسُس پتہ سوچان زِمون بہ چھُس مہاتما جی ین پورٕ وٗزنمک قرٕض نکھٕ والان مگر مےٚ تہِ آسہِ کانٛہہ قرض دار بنومُت !سُہ کیازِ چُھ نہ میون قرض نکھٕ والان۔ بہ ما اوسُس پورٕوٗ زنمس منز کانسہَ کینٛہہ دِنہ بجایہ منگانےٚ روٗدمُت۔ ہرگاہ مےٚ چھِ ییتھی کرٕم گری متی تیٚلہ کیازِ زاس اکس رازٕ ہندِس گرس منزٕ تہٕ بنیوس رازٕ۔

مہاتما چھُ انتریامی توٚ کنٛز اس تمی میانی اندرِم کتھ بوٗزٕمژ۔ مےٚ چھُ ژبتس زن تہٕ کالُک بتہٕ۔

بہ آسہ ہا مشکلِن ڈ وہ ہر، مہاتما جین بوز نووُس بہ چین مُلکس منز تمِس اٰخری شہنشاہ سنز کتھا۔ یہ شہنشاہ اوس شر ییلہ سُہ محلس منز روزتھ تاج لاگتھ شاہی تخنس پٹھ بھوان اوس۔ اٰندی پکی آسی نوکر چاکر تہٕ خدمتھ گار آسان۔ اٰ کِس شُرس ہر گاہ کینہہ تہٕ کھنبس مالِ یی ہے تی اوس برونہہ کُن واتان۔ شان شوکتس منز لو کچار بسر کرن وول اوس انقلاب چین پنہٕ ساپکلس پٹھ پوش کِنان۔

مےٚ زون یہ چُھ مےٚ ڈلتھ یہ ونان زِ بہ چُھس پننِن کرمن ہُند پھل بوگان۔ پوٚز ٔستی اوسُم یہ ونان زِ ییمہ زنمہ کین رتبن کرمن ہُند پھل میلہ دوٚ یمس زنمس منز۔

دوہ اکہِ گوس بہ باغی تہٕ لوگم پتلوٚن زھنُن۔ تہٕ ووٚنم کھور ٹھہر اٰوتھ مہاتما جیس۔ ژِ چھکھ فقط امیرن مدد کران۔ لچھ والین کروٚر والی بناوان۔ تہند ین شُرین چھکھ ڈاکٹری ہنزِ سیٹہ دِوناوان۔ تمن بجہ بجہ نوکری دِوناوان

مہاتما جین ترو وو وش تہٕ لاگنووُنس بہ پننہٕ سے محلس منز چھٹی رسان۔ یتھ گرس مےٚ گوڈنچ تار واتہٕ ناو۔ تموترا اٰو با کھ تہٕ لگی لبل کرنہِ۔ گرِ کی زِٹھ روٗٹ میون نال تہٕ لوٚگ وننہِ یہ پڈر چھوٚت کُمِ چُھ پوسٹ مین بنو مُت۔ ماجی گاجن ییلہ ترٕ وُ ہر اوس۔ مول گوٗلن ییلہ تس ڈی۔ سی اوس بنُن۔ پتر ین دِژِن چھگ تہٕ تمہ گییہ پردیسکی۔ یُس گرِ جیلان اوس سُہ چُھ از زنتہ کھنڈر۔

مہاتما جی گو بیمار۔ تس درایہ سارے پانس پھلِ یمن پاکھ اوس نیران۔ ژوپاری اٰس فکہٕ گاندِ یوان۔ آشرمس منز گییہ کارٕ تہٕ سکوٗٹر ینٕ کم۔ تہٕ وارٕ وارٕ غائب۔ پیدل ینہ والی تہٕ روٗدی دوٗر دوٗر۔ سارِ نے ژادفرٹھ زِ اسہِ مالگہ لاگ۔ بہ تہٕ ما آسہ ہا ژوٗلُمت پوٚز مہاتما جی سنز حالتھ وُ چھتھ اوسُم نہ وونہِ یوان دگ تھاونس۔

مہاتماجی اوس بمارِ منز زن تہٕ بے ہوشی منز ووران۔ أتی اوس اسان تہٕ أتی وودان۔ منزٕ منزٕ اوس سنجید کلام تہٕ کران۔

"یُس زاو، تس چھ مرُن۔ زمینس منز پیوٚ بیول تہٕ زاوگل۔ کُلس درایہ پھوٚلیے تہٕ موٚن ہیوٚت زنم۔ پنہٕ ؤتھر پننی ہرِتھ تہٕ ہرُ دآو زنم ہیتھ۔۔۔ شین پیوٚ شیٹھہ کالن ہیوٚت زنم۔۔ یہ گوٚ وزیوٚن تہٕ مرُن کیا گوٚو۔۔۔ ترأوِتھ ہوٚس منز کھڑا روزُن۔ مگر بوزنہٕ نہ یُن۔ شین چھ گلان تہٕ آب بنان۔ آبہ پھیوٚر چھ ؤسی پیوان پیوان لگتھ گرٕھان تہٕ ششر گانٹھ چھِ زنم ہیوان۔ وارٕ وارٕ چھ زیٹھان تہٕ وٹھان۔ تہٕ پتہٕ وارٕ وارٕ گلِتھ شروٗ کان۔ تاپھ ؤچھتھ تاپس ستی رٕلِتھ گرٕھان۔

لوکچار۔۔۔ جوأنی۔۔۔ بچہ کشی۔۔۔ تہٕ بُجر۔۔۔ تمہ پتہ گلُن۔۔۔ نہ شور تہٕ نہ شر۔۔۔ نہ آہ تہٕ نہ واہ۔۔۔ نہ خوشی نہ غم۔۔۔ نہ جشن نہ ماتم۔۔۔ نہ قصیدٕ نہ مرثیہ۔۔۔ نہ زالُن نہ شرادھ۔۔۔ نہ دٕہ، نہ وونل۔

بہ ییلہ یمہ کتھ چُھس کانسہ ونان ئس چھ مے پرن پیوان تہٕ گاٹل ونان۔ تہٕ ییلہ پننی پأٹھی کتھاباتھ چُھس کران، بوزن وألی چھم یاژھو پہ کرناوان، اوٚپ ونان دپان چھم کرژھو پہ یہ گوازتہٕ پگاہ آسہِ نہٕ تہٕ کتھ۔

اکہِ دوہ وُنُن مے پکھ أکس جایہ گرٕھو۔ تتہِ چھِ ژٕ خزانہٕ۔ اکھ چانہٕ خأطرٕ بیأکھ میانہ خأطرٕ۔

ژٕ ے میأنی خدمتھ کرنہ کنٕ تہٕ مے میأنی ژٕ ے رٕژوتھ ہاونہٕ کنٕ۔۔۔

خزانک ناو بوٗزِتھ گییہ مے سأرسے سُسر أے۔ زن تہٕ پیوٚ شین سانہِ شینہ پشہِ پیٹھ درہ پھ گرِتھ آنگنس منز۔ زن تہٕ لوتہ ووٚ مے کلس پیٹھ تھوومُت بار۔

مےٚ باسیوو زن بہٕ تہٕ چُھس پنہٕ نِس ماٰلِی سندی پاٹھی جیپہٕ منز یِوان۔ کلس پیٹھ قراقُلی ٹوٗپی تھاوِتھ۔ سوٗٹھ لاگتھ۔ زن تہٕ مہاراجہ محلس اژان اژان دُچھنہٕ کھوٚوری اِستادِ لکن ہندِ سلامن جواب دِوان۔۔۔۔۔۔ بہٕ تہٕ کرٕ ہا کھاندر۔ تس شکیل کورِ ستی یُس یِوان چھ ڈاکٹری سیٹ منگہٕ نہٕ۔

بھگوانا آسیاوتہٕ یِیلہ مےٚ آسہِ اکھ خزانہٕ۔۔! بہٕ بناوٕ ہا تتھ جایہ اکھ بُنگلہ یِتہٕ وٕ ریہِ کِس وٕ ریس اندی پکہٕ شیٖن آسہ پشس ستی آسن شِشر گانٹہ دوہ کھوتہٕ دوہ زیٹھان۔ وبٹھان تہٕ بہٕ روزٕ ہا شیشہ دار ہوٗکنہٕ وُچھان روزان یوٚت تام کانٛہہ اکھ شِشر گانٹھ زمینہٕ ستی میلہٕ ہا۔ بہٕ دپہٕ ہا لوکچار لوٗ ومیاٰنس بُجرس ستی۔ بہٕ وُچھہٕ ہا زندگی ہندی ستھ رنگ تتھی شِشر گانٹھ منز۔ اکہ لٹہ اچھی وٹنہٕ بروٚنٹھ۔

یہ گرٲس اپہ زبتھ زن۔ توٚے مون مےٚ مہاتما جین حکم۔ مہاتما جی چھ سبٹھاہ وژدھ۔ کنو چھ بوزان۔ اچھن ہُند گاش چُھس برقرار مگر پکتھ چُھنہ ہبکان۔ توٚے کنہٕ پیوٚ مےٚ سُہ اَٹس ٹلتھ تمن پہاڑن کھارُن یمن پہاڑن کھسُن ووٚنہٕ نم۔

سُہ گوٚ وونان تہٕ بہٕ گوس راتس تہٕ دوہس پکان۔

یتھ جایہ واتتھ وون تمہِ مےٚ زِ یتھ گوپھہٕ منز چھ سُہ خزانہ یُس ژےٚ حاجتھ چھے۔ مےٚ وونُس، یہے چھ اکھ کمرٕ۔ دیوارس پیٹھ چُھ ژوٚنگ دزٕ نک نشانہ۔ تہٕ یتہِ چھ نارٕ کوٚنڈ تہٕ دزان۔ یتہِ ما چھ کانٛہہ روزان۔

تمہِ وونہٕ نم یتہِ اوس اکھ سرٕ پھ روزان۔ سُہ اوس ماداس منز گومُت تہٕ تتہِ اوس چھوکہ لد گومُت۔ مےٚ دوٚپُس بہٕ کرےٚ یلاج۔ تمہِ وونہ نم نہٕ۔ ہرگاہ مےٚ پتُن گرٕ واتہٕ ناوکھ بہٕ دمےٚ پتُن خزانہ ژےٚ۔ بہٕ بزموس تہٕ مےٚ اوٗن سُہ سرٕ پھ کٹہٕ رِس وندس

منز نکھس پٹھ یور۔

یۄرواۍ تتھ وون تمۍ ہے ہرگامہٕ کُنہ گلیشرس پٹھ تھاوکھ بہ ونےٚ ییٚہ اکہِ

خزانک پےٚ۔ مےٚ نیوٗ سُہ اکِس گلیشرس پٹھ۔ گلیشرس تلہ اُس اکھ آبہ جوٚے

نیران۔ مگر شتھ کالہٕ پتۍ اُس سو شیشہ خانہٕ بنتھ گامُت۔

مےٚ وونُس یہ کیاہ۔؟ ہرگاہ ژےٚ ییتہ تہِ مرُن چھےٚ منظوٗر تیٚلہ کیازِ موٗدُکھ نہ

مۄژِ پیٹھ اور ووٚنہٕ نم۔ "ون دوٚیمہِ خزانک پےٚ ونہ یا کِنہٕ ییتہِ مرُنک وجہ وِنےٚ" مےٚ

ووٚنُس "دوٚیمہ خزانک پےٚ پتاہ وتم"

سرپھن ووٚنُس پےٚ تہٕ ییٚلہ سُہ خزانہٕ لبنہٕ آیووتس گیہ رِس تہٕ سُہ ووٗت پہاڑ

کِس دامنس تل۔ سرپھ سنزٕ آوازٕ روٗدبوزان

"شِشتر گانٹھ گلہِ تہٕ بنہِ آب"

آب تتہِ تہٕ بنہِ باہ۔۔۔باہ بنہِ اوبُر

اوبُر بنہٕ روٗد۔۔نتہٕ شین

شین بنہ ییٚہ آب تہٕ پکہ نالن منز۔ آبشارن منز۔۔۔۔دریاون منز

آب چھ حیات تہٕ بہ آسہ حیاتُک اکھ حصہ۔ تۄے کٔر

مہاتماد رٛاو برونٹھ یہ وُنتھ زِ تس ہرگاہ پُٹن خزانہِ میوٗل نہٕ سُہ ییٚہ واپس۔

ہرگاہ مےٚ یہ خزانہ آونہ پسند تیٚلہ پکہٕ بہ تمِس ژھانڈان پتہٕ پتہٕ۔

بہ اوسُس تھوٚکہ مُت۔ کمرس اندر اوس وُشنیر۔

ییٚلہ اُسی گرِ دراٚیہ تیٚلہ اوس نیٚک نیٚک شین ییران۔ یور ییٚلہ واتی ییتہِ اُسی

شینہ تھوٚسی پیوان۔

مےٚ اوس یہ باسان زِ مہاتماجی ہیکہِ نہ کھوٗ کھج کٔرِتھ شینس منز پہاڑس مےٚ

بگاّر کھٔستھے ترٕ ے کنٛز ییٚہ سُہ واپس۔ پۆز سُہ آوٕ ے نہ۔

یتھ کمرس منٛز چھُ کھنٛک چینٛک مکمل انتظام۔

الاوچھ دزان تہٕ کمرس منٛز چھُ زیُن بسیار۔

بربند کٔرتھ چھُ باسان زن تہٕ چھُس اٚکس آرام دِ کمرس منز ہتھ۔

تہِ کیاز ِ مےٚ چھِ شِشر گانٹہ تہٕ کوٚہن پٹھ شین وُچھ نٕچ خاہش ووٚٹہٕ تُلہ

ناوان ترٕ ے کنٛز چھُس بہ ییٚہ تہٕ ییٚہ برمُژ اوان۔

از گوٚو مےٚ سُہ منظر وُچھ نک طماہ تہِ پورٕ۔ مطلب پٔتس ستیٚ الانٛز شِشر

گانٹہٕ آسہ اٚندی یکی شینس ژٕ دی کٔرِتھ زمینس ستیٚ لگِتھ گامُژ مگر مےٚ اٚس نہ کُنہ تہِ شِشر

گانٹہِ منٛز تم ستھ رنگ بوزنہٕ یِوان۔

مےٚ ہیوٚتُن از وہمہِ دوہ یاد پیوٚن زِ مہاتماجی آو کیاز ِ نہ۔ اٚخر کوٚر مےٚ فأصلہٕ

زِ بہ ژھانڈن مہاتماجی۔

بہ دراس برمُژ رِتہ۔ پۆز مےٚ اوس اٚندی یکی زن تہٕ شِشتر واکھ بریُس نہ

مےٚ اوس نبر نیر نہ دِوان

مطب یہِ زِ بہ اوُسس پنہٕ نِس زالس منٛز پھسیوٗمُت

میون مرُن تہِ اوس یقینی۔ مگر شینس پیٹھ ما

مےٚ ییٚہ سر پھ سنز کتھ ژھٕبس۔

مہاتماجین تھوو سُہ شینس پیٹھ تاکہ سُہ ترا وِ پران تہٕ پانہ لاریوخزانس پتہٕ۔

سوٕ ے غلطی کٔر مبتہِ۔ نکھس پیٹھ واتہٕ نووٗم مہاتماجی یور تہٕ پانہ پھسیوٗس

لالچہٕ کس دولابس منز۔ شِشر گانٹھ ہووےٚ پننی پانک عکس۔

زن تہٕ وُچھم اُنس منز پنُن عکس۔

کاش زیُن دزٕنہٕ تہٕ نار ژھونہ بروٗنٹھے آسہ ہےٚ یمہ شِشر گانٹھ

پھٹراونک خیال آمُت۔

ییتہٕ موجوٗد ہیرٕ جواٚہرکتہٕ پھٹراون یمن شِشر گانٹن۔ از اسکھ ےٚ ذٕہ مہ

دوہک شرادھ ہوومُت تہٕ کیازِ ےٚ مااوس دِلہٕ سنیاس ہیوٚت مُت۔



# وخ روزِ وُچھان ـ زمین روزِ ونان

ژۄنتھ، ژٕ ترِتھ، بۆزِتھ، وُچھتھ تہٕ پٔرتھ یہِ تہِ ازمےٚ زون۔ ہرگاہ تی زگھ تہِ زانہِ تیٚلہ نہ آسہ ہن مسلہٕ تہٕ نہ آسہٕ ہن فتنہٕ۔

بہ اوٗسس رأتی راتس پکان تہ سحرس ووٗتس بیٚیہ تتھی جایہِ یتہٕ پیٹھٕ أس مےٚ اکہ وبکھتہِ سفرٕچ شوروعات کٔرمژ۔ اتھ سفرس دوران اوٗسس بہ ہندرٕ منز پکان رۄدمُت کِنہ بہ اوٗسس پکان پکان ہندر کران۔ ہندرٕ منز اوسہٕ سا بہ کینٛہہ مُشراوان کِنہ مُشرآوی مِتس ژتبس پاوان۔

حأرانگی چھم امہ کتھ ہنزٕ گاش آووونی ۔ سُہ تہِ نیٚگ نیٚگ گاش! گونا بہ چُھس اجہِ رأژ سفرس درامُت۔ تیٚلہ چھامےٚ ڈٔلی برأرگأمژ؟ مگر سُہ گژھ ہاتیٚلہ ہرگاہ زۄنہ گاش آسہِ ہے۔ گٹہ پچھس منز چھنہٕ تارکھ تہٕ بوزنہ یِوان۔ مےٚ کمی سناہوٚ وتیٚلہ گاش وتہِ وتہِ۔

امہِ تلہ چُھس بہ وانجہ گاشہ پکان رۄدمُت۔ رۄنین ہُند چھوٚنی چھوٚنی بۆزِتھ سٔتر بن وتن پیٹھ راہ دار گُرسندی پأٹھی تہٕ کٹر بن وتن پیٹھ زمینس أتی پأڈی کہی سندی پأٹھی زمینس یٔڈ دِتھ تہ أتی کأنسہ موصوٗم شُری ہندی پأٹھی کھوٚج کران کران۔ گرا کٔنڈی تار ژٔٹتھ تہٕ گرا آبہ منزی پکِتھ۔ شمشانو تہٕ مرگزارو منزی پکِتھ، کٹر بن ڈکر بن

کھسہٕ وس کرتھ تہٕ أخرأ کس ہیرِ پٔتھ ہیرِ ڈٕلہِ گژھتھ۔ سُہ تہِ تیٚلہ ییٚلہ رٕنبن ہُند صداہ زن تہٕ گوشنی یہس منز ڈنگہ دِتھ غأب۔

زہرامہ موجوٗب زِچھوٗنی چھوٗنی باوٕاوس سبٹھاہ برونٹھ درامت تہٕ ماچھنس باون بہ دکہِ دِتھ ڈٕلہ ژھنمت۔ اوکنی زِ بہ تہِ چھس اکھ ڈٕلہِ پل۔ سُہ تہِ اکھ دأنشور أستھ یا اکھ رُت اِنسان آستھ۔ آلوٗ کھ چھ ونان زِ بہ چھس وکرماجیت تہٕ نوشیروان عأدل۔ یہ تہِ بہ کرتتھ اژ نہ آب۔ توٚے کنی کرٕ بہ پرتھ کُنہ مسلس کانٛہہ تیُتھ تدوٗرکھ یُس فتنن تہٕ فسادن موٗلے گالہِ۔

مےٚ چھُ پننہِ نیکھ نیتی پٔتھ اعتقاد تہٕ لوٗکن چھ میانہ قأبلیژ پٔتھ اعتماد۔ بہ چھس اکھ ریٹأر گومُت منصف تہٕ اکہِ اہم مسلک حل ژھانڈنہ خأطرِ یور آمُت اکہ اعلیٰ کمیٹی ہُند سربراہ بٔنتھ۔

بستی نِش دوٗر کوہ تنتألس پٔتھ بناونہٕ آمتس محکمہ جنگلاتہٕ کس یتھ ریسٹ ہاوسس منز چھس نہ بہ تتھے ژور بہتھ ۂکہ چھس بہ مقأمی حأکمو حفاظتی دأریس منز امہٕ موجوٗب تھومُت زِ بہ مایمہ یاہ مےٚ مالنہِ کانٛہہ تہٕ فرقہٕ کُنہ جذبأتی یا خیالأتی دباوس منز تہٕ دمہٕ کانٛہہ غلط فأصلہ۔

مسلہٕ چھنہ ژکہِ کہینٛز تہِ پوٚز وختن تہٕ فتنہ گرٕ وچھ اکھ ٕزرمیژ دوگل بنووُمت اکھ کنہ پل۔ تبتھ کُنہ پل بس اوٚ ڈچھ زمینہ تل ذٔبتھ تہٕ اوٚ ڈچھ نبر۔ یُس حصہ نبر روٗدمُت چھُ سُہ چھ باسان زن تہٕ کانٛہہ وٕٹس گومُت انسان۔ یُس ہرگاہ کانٛہہ فرشتہ اتھٕ لأگتھ زوٗ ژانہِ سُہ بنہ اکھ امنگ پأغمبر۔ تہٕ ہرگاہ کانٛہہ خطرناکھ شیطأنی طاقتہ وول اتھٕ لاگبس تیٚلہ بنہ تیُتھ شیطان یُس سأری سےٚ ڈاس کرٕ۔ مسلن بناوِ فتنہٕ تہٕ

فِتنن بناوِ تیتھ نوسوٗریُس انسانی یِژ کرِژ زٲہنہِ ہنہِ۔

یوٗر بہ آمُت چھُس تتہِ چھا اکھ زمینہٕ ٹُکرٕ۔ یتھ پیٹھ دوٚن دربن مُژکری چھِ اکھ دوٚ رچُھ ونان اتھ جایہ چُھ وکرماجیتُن تخت اوسمُت یُس حملہ آور و مسمار کوٚرتہٕ کرکھ اتہِ پننی عدالتھ آباد۔ دوٚیم دوٚ رچھ ونان زِ اتھ جایہ آسی سانی عدالتھ پتہٕ وتہٕ پیٹھے موجوٗد یہے چُھ مسلہٕ۔ دوشوٕ وٕے ذری چھِ اَتھی زمینہٕ ٹُکرس پیٹھ پنُن پنُن حق جتاوان۔ یہ مسلہٕ چُھنہ پنژہ اہ ذری پروٗن۔ ہُلی کہ چُھ پنژہ اہ ساس ذری پروٗن۔ تمہٕ کھوٚتہٕ تتہِ پروٗن ماچُھ؟۔ یہ ظوٗن پیوٚمے از۔ دراصل بنیایہ حالاتھ تتھی یموشِین گول تہٕ زمینی حقیقت درایہٕ نۆ۔

مےٚ دژ کھ راتھ شاہمنس فایلہ ہا۔ تہٕ تمن ستی مُنسلک فوٹو ہا، رپوٹ ہا، توارِیخی، ثقافتی، آثار قدیمکی رپوٹ ہا، لیڈرن ہندی بیان ہا۔ بہ اوسُس تمہٕ پران ییلہ مےٚ گیہ کنن روٗنبن ہنز آواز۔

یہ آواز آس ترژ ھے یوس بوزِتھ بہ لوکچارس سٕخ کھوٚژان اوسُس مگر چھوٚنی چھوٚنی باوا وُچھن تہِ اوسُم خوش کران۔ توٕے کنی اوسُس دارِ کنی اَمِس باوس توٚت تام وُچھان روزان یوٚت تام سُہ سانہِ کوچہٕ منز نیران اوس۔

چھوٚنی چھوٚنی بابا جی۔۔ از کل چُھنہ کُنہ تہِ نظرِ گژھان۔ پوٚ زمےٚ چُھ باسان زن تہٕ سُہ چھُ مےٚ بروٗنٹھ کنہ۔ اکھ نیم ننگہٕ باوا۔ بدنس پیٹھ سوٗر مُتھتھ۔ ڈیکس پیٹھ رنگ برنگی ٹیوٚک۔ زن تہٕ بھگوان شنکرس ڈیکس پیٹھ ترییم اَچھ۔ شانن پیٹھی زیوٗٹھ ریچل مَس۔ باسان زن تہٕ پاں ژادر۔ اَ ٔکِس اتھس منز بیکھیا رٹنہ خاطرِ اکھ کشکول تہٕ دوییمس کرژھس تل اکھ لوکُٹ موکُٹ ٹھیلہ تہٕ تتھ منز بوٗتی لیس سُہ تمن باگران یم تَس

منگان روزان أسی ۔ ہٹس منزا اکھ گھنٹی زن تہٕ اکھ سرٕ پھ؟ گھنٹی منز رونیہ۔ یمہٕ باباجی نہ زنگن ہنزٕ ٹلہ تراوٕستی کوٹھبن اورٕ یور گرتھ وزان چھ روزان۔ چھوٚنی چھوٚنی باوٕ أسی نہ پٹنز دوشوٕ ے پٔدی زمینہ پیٹھ أ کس جایہ ٹھیکہ رأوتھ ووڈٕنی روزان۔ تمہٕ أسی پکان روزان ہرگاہ کُنہ جایہ بکھیا رٹنہٕ خأطرٕ ٹھہرن تہٕ پیٚیہ ہے۔ تمہٕ وِزِ تہٕ أسی تم اکھ پوٚ دٹلان تہٕ بیا کھ تراوان روزان۔ بہ اوسُس اکثر اتھ کتھ واش کڈُن یژھان زِ یہ پدٕ بن ہنزٕ ٹلہ تراوما آسہِ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ظأہر کران۔

میأنی مأج أس کتھی ونان زِ انسانس چھ پدٕ بن تل موتھ !۔ مےٚ أس نہ ماجہ ہنزٕ یہ کتھ فکرِ تران۔ پوٚ زیٚیلہ مےٚ خلیل جبران سُند فلسفہ پوٚرمےٚ زون زِ موتھ گو زمین تراوتھ ہوٚس منزا استادٕ روزُن۔ ینہ یہ خیال میانبن کاڈبن ژاوتنہٕ ییٚلہ تہِ مےٚ رونبن ہنزا آواز کنن گژھان چھ بہ چُھس باباجی ژھانڈان تاکِہ بہ پرژھٕ تس سوال ہا۔

از تہِ یتھُے مےٚ کنن رونبن ہنزٕ آواز گییہ مےٚ تراوِ فایلہٕ أتی تہٕ دوریوٚس تِھے رونہِ آواز پتہٕ پتہٕ۔

امہ تلہ أسہ ہے زہرا کرٕہ ساسا گٔرٕی متی تہِ کیاز مےٚ اوس زنگن ٹوکہٕ سوٚر گومُت۔ ہیوٚر اوسم خُسکھ گومُت توٕے کنٛز اوسم نہ وٚہٕ تہٕ واے تہِ فوران۔

دٕیان مٕرتھ تہ چھِ انسان کینٛژن گرٕبن بوٚزتھ ہبکان۔ توٕے کنٛز چھ موردس داٚہ دِنہٕ بروٚنہہ نوٚٹ پھٹر اوان ۔ مےٚ باسیو ویہ تہِ چھ موٚدمُت تہٕ بہ چُھس أکس زنانہِ ہنزٕ آواز بوزان ۔ آواز أس شانشہِ لد۔ امہٕ کنٛز زونم زِ مےٚ کھونہِ منزٕ رٹن وأجنی چھ کانٛہہ پٔڈیوسہ کتھٕ ستی کتھ رلأوِتہ نوِنو کتھٕ ونان روٚز۔ بُجہ ہنزٕ کتھِ آسہ میانبن واریاہن سوالن ہُند جواب۔ بہ ییٚلہ چھوٚنی چھوٚنی باوس پتہٕ پتہٕ پکان اوسُس

یہ زن اُس ؔمے ؠتۍ ؠتۍ پکان۔

کھوٚنہِ منز ژٹتھ وون اُمۍ مےٚ ۔ وخ دراو برونٹھ تہِ کیاژِ سُہ چھ پننِس رفتارس بٹھ پکان۔ وخ چھُنہ مران مگر زندگی چھِ مران تہٕ زیوان۔ وخ چھُنہ پننۍ پۄدی ٹھہراوان چھوٚنی چھوٚنی باوٕ ہندی پاٹھی ۔ سُہ چھُ نہ کتھ کران مگر سوٗرے کینٛہہ چھُ وُچھان۔ نیکی تہِ تہٕ بدی تہِ ۔ دِوتاہن تہِ وُچھان تہٕ راکھشسن تہِ۔

مےٚ تہِ روٗدوُ چھان لچھ بدبوٗ ریو پٹھ ۔ میانین اولادن تہِ روٗدوُ چھان ۔ زبنہ پیٹھ مرنس تام ۔ تہندی اسن کھنگالہ تہِ بوزان تہٕ تہنز باکہ باکھ تہِ بوزان ۔ رحم دل لُکن تہِ وُچھان تہٕ جابرن تہٕ ظلمگارن تہِ وُچھان۔

بہ چھُس سو بدبخت یوسہٕ مظلوٗمن زٕنم دِوان چھ تہٕ ظاٗلم تہِ چھِ میانی ڈمبہٕ پھٹان۔

کیا کرٕ گوبرا۔ دانہِ تہِ چھس بی وو پداوان تہٕ ڈُر تہِ چھُ میانہ شُری بانہٕ منز نیران۔

''زونتھاہ بہٕ کوسہٕ چھس ؟ آہن باگوبرا، بہ چھُسے چانۍ تہِ ماج''

زبون تہٕ مرُن چھُ نہ مےٚ تام۔ آہبوٗل چھس بہ رٹان تہٕ چھس زندٕ لوٗکن چھس کوچھِ منز للہٕ ناوان تہٕ موردن چھس یاتہٕ پنہٕ نِس پانس پیٹھ زاٗلتھ نتہٕ پنہٕ نِس شِکمس منز ووٚ ڈراٗوتھ اندواتہٕ ناوان۔

''ژُ وُچھمکھ ہیرن ڈُلہ گرشھان۔ مےٚ دوٚپ ژٕ تہِ ماموٗ دُکھ۔ توٕے رچومکھ کوچھِ منز مگر ژٕے وُچھ مےٚ دوشہ وے کھوٚرمےٚ پیٹھ ۔ توٕے کُنہ زول مکھ تہٕ نہ ووڈروومکھ۔

''ووتھ استاد گرٛھ تہٕ گرٛھ پنہٕ نِس ماٹھس پیٹھ۔

''مےٚ چھُ پےٚ زِژ چھکھ آمٕت میون فأصلہٕ کرنہِ

''گو برابہ چھس زمین! میأنی ہےٚ أکِس ٹکرس پیٹھ چھُ تناز یُس أنزراونہ

خأطرِ ژٕ آمٕت چھکھ۔سُہ چھ میون ربد۔

''گو براپتھ کُن مہ تراونظر۔یمہِ پل چھ وِٹس گأمتی تمہ شأطر فتنہ گریمو وِزوِز

میون سُہ وچھ چھو کہ لدکوٚ رییمہ ٔتی بہ پنہٕ نِبن شُر بن دودٕ گلی چاوان روزٕس۔

''واند رن وونٕکھ توٚہی چھوٗتکی اصلی بسکین تہٕ توٚہی گالیوٗ کھ یا ژلرأ ویوکھ یم

ونہٕ موہنیو۔

غاٗرن منز روزن والین وونٕکھ توٚہی کریوکھ قبیلن منز روزن وألی ملک بدر

قبیلن منز روزن وألی ورغہٕ لاوِکھ تہٕ تمن اتھِ کرنوو وُکھ ژھبیہِ پہربن منز

روزن والین آتش پرستن پیٹھ حملہ ہا۔نارٕ کونڈ ژھوٕراون والین دِتٕکھ راکھبس ناوتہٕ

بنأوکھ ربشی تہندی خطرناک دُشمن۔دوشہ وٕے روٗدی اکھ أکس ماران تہٕ ژٕلراوان۔

لڑاین تہٕ جنگن منز یمہٕ تہِ نابوٗد گرٛھان روٗدی تمہٕ أسی ساری میأنی شُری۔

''شر أکہ تہِ روزٕ مےٚ وسان تہٕ رتہ کھلہٕ تہٕ روزٕ مےٚ گرٛھان

دژاوِ ڈن وونٕکھ آریاہوژانہِ وِتوہہ تٕرنتہ گرہولار

آرین وونٕکھ منگولو بنأوِی وِ توٚہی پننی غولام

ہیندبن وونٕکھ مسلمانو کرہوتُہنز پرستش گاہہ مِسمار تہٕ بنأوکھ پننی عبادتھ گاہ

غرض اوس بوٕہےٚ بأیس نِش دوٗرتھأوتھ پننی حکمرأنی برقرار تھاوٕنی۔یُس تہ

ییٚلہ تیٚلہ پرزنوو عام لوکو سُہ کوٗرکھ سنگسار گرٛتھ وُٹسی۔یمن چھ پٕڈی زمینہ منز تہٕ بدن

ہوٚہس منز۔ یہ کیاز؟ بوز

وُٹسی امہ موجوٗب زِ نہ أسی یمہ ہندی تہٕ نہ مسلمان۔ نہ دیُت ہکھ داہ تہٕ نہ ووڈراٚ وِکھ نہ چھیم زندٕ تہٕ نہ موٗدی متی۔

''گوٚ برا۔ اتھ مہ لاگ یمن پلن۔ یم گرژھن یلہ تہٕ بناوٕ نے پٔنن غولام''

''حأران کیاز گوکھ۔ یی اوسے ناژرے چھوٚنی چھوٚنی باوس پرژھن۔؟

''گو براوخ چھ وُچھان روزان تہٕ پکان روزان۔ تہٕ زمین چھ ژالان دوہ کھ تہٕ دأ دی۔ توٚہے کنٔی چھ وُچھن والین پزر باوان تہٕ بوزن والین ونان روزان''

''نہ نہ قدم مہ ٹھہراو۔ یمن ہیرن چھے ژے پأنی پانے کھسُن۔ پتہ چھے ژے نیرُن تتھے پأٹھی یتھ پأٹھی یوٗسوٗ مسیح دراٚوا ہسٹرک دوہ قبرٕ منز۔

مےٚ زون ژےٚ چھے کارنیک گرتھ میانہ کوچھِ منز شوٚنگ تراوٕنی

یہ وٕنتھ گییہ ترٕشہ ژھو پہ یتھ منز مےٚ أسی کنٕن فقط روٗنین ہنز آواز گرشھان سوتہِ أتی بڈٕ بڈٕ تہ أتی لوتہِ لوتہِ۔

مےٚ چھ ہندریوان تہِ کیازِ مأج چھم مٹھٕ مٹھٕ دِوان۔ توٚہے کنٔی چھس بہ یہ سورُے لیکھتھ تھاوان۔ اِ موجوٗب زِ یہ ما آسہِ تمہ وِزِ شوٚنگتھ یمہِ وِزِ مےٚ آسہِ کمیٹی ہندٕ بن مسمبرن پٔنن حتمی رپورٹ بوزٕ ناوُن۔

آ۔۔ میون فأصلہٕ چھ یہ زِ ہندٕ بن تہٕ مسلمانن پزٕ باین ہندی پأٹھی روزُن یہ زأنتھ زِ تمن چھ انسانن ہندی پأٹھی روزُن۔

ووٚنی گو یہ زِ مسلہٕ کتھٕ کنٔی واتہ ناوہون اند تیلہ چھ یتھ زٔمینہ ٹکرس پیٹھ واند رن ہُند حق تہ کیازِ دیان انسان اوس گوڈٕ واندُر۔

سوٗرس تل ہرٛشن تھاۄنی چھِ فتنہ گرن ہنز کأم۔ تم گرِی توکھ بے نقاب۔ تیٚلی

یوٗت گرٛھن تم ۄٔلس نتہ پسپا۔

کمیٹی ہندیو منتظمینو پوٚرمیون یہ رپورٹ اَکِس بڈِس ہالس منٛز موجوٗد کمیٹی

ہندِن ممبرن، سرکأری افسرن تہٕ میڈیا کیٚن لُکن علاوٕ ہندِن تہٕ مسلمانن ہندِن دوشہ

وٕنی نمایندن بروٚنٛہہ کنہِ۔ ہالس منٛز موجوٗد سأری نفر اۤسی سنجیدگی سان میون حتمی

رپورٹ بوزان مگر ہندِن تہٕ مسلمانن ہندی نمأیندہ لٕگی کرکٕہ نادکرنہِ زِ کمیٹی ہُند سربراہ

کیازِ آو نہ پانہ

یٚیلہ یہ آو ونہٕ زِ تس گو ہارٹ اٹیک تہٕ گو یٚیمہ عالمہ۔ سارِوے وون اَکی

ہٹہٕ زِ اکھ موقوٗل فأصلہ دِنہ وألی مادِ ژ سقراطنی پأٹھی قوربأنی۔

اکھ اَکِس خطرناکھ چشمو وُچھن وألی دوشوٕے نمأیندہ یٚیلہ ساری نٕے نشہ

بیٚون گرٛھتھ اَکِس کوٗنس منٛز کنہ پھسرأے کرنہِ لٕگی تیٚلہ بوٗز سارِوٕے اَکس نوجوان

سنز آواز تہٕ کڈٕ کھ دوٚٹھ۔

"اے یم ہا گُنی۔ تہٕ چھ کران ببہِ منٛز سودا۔ امہ تلہ ہا چھ ہُمے فتنہ گُر۔

رٹیوٗ کھتہٕ ژٹیوٗ کھ۔

دوشوٕے ژٕلی لوکھ وُچھتھ۔

مےٚ آسہ اَچھ کرتام وچہ مرٛ پوز کنِن منٛز اَس روٗزِن ہنز آواز وُنہ تہٕ

باسان۔

وخ اوس یہ تہٕ وُچھان تہٕ زمین اُس کتھ کران۔



# ماءِ کنہ موہ

ہشہٕ ہنزٕ آرٕ ہرٛ کربکہٕ بوز ازنوشہِ تہِ تہٕ تمی دِژ ژوپأری نظراہ۔ نہ وُچھن پٕژن ہہرٕ بابہ تہٕ نہ وُچھن پنٕنی دوشوٕ ےشُری أندی پکی۔ آلو ہا کڈٕنی تہٕ یِیلہ نہ جواباہ میوٗلُس تیٚلہ ژٕجس کربکھ نیٚرتھ۔ ہشہٕ نوشہِ ہنزٕ باکہ بوٗزِتھ زن گیہ وہونی وورٕ تِتھ کنی ژھبہٕ زن تہٕ أس وورٕ بلس پٹھ شینہ مأنی پیمٕژ۔ گوٗن گو بند تہٕ شامیانس منٛز بہتھ لوکن باسےٕ زن تہٕ پیوٗ وگربکان دیگن منز تمہ وِز، نونہٕ وِ ہہ یمی وِزِینہٕ وول گراژنس تیاراوس۔

برنزِس منٛز لوٚگ سارٕ نےٕ پےٕ زِ شامیانس منزنہ چھ بوٚ ڈ پنڈتھ یعنی پنڈتھ راج ناتھ تہٕ نہ چھ تُمی سندس نیچوسندی زٕشُری۔ واسوتہٕ ہرشو۔ سأری چھ پریشأنی ہُند اظہار کران۔ ہشہِ نوشہِ تہِ لوکٹس پنڈتس یعنی ڈاکٹر راہل کولس تسلی دِوان پوٚ زکانٛہہ اکھا چُھنہ پنٕنی جاءِ ترأوتھ تُمس رأمتی ژھانڈنس منٛز اتھ روٗٹ کران بلکہ چُھ یہ باسناوان زِیتہِ اوسا ازگرٛھن۔

یہ چھ پزر زِیمن کأشرٕ بن بچہ نغمہ بوزُن وُچھن جان لگان چھُ تمن کیوٚت اوس ازیٚک دوہ سبٹھاہ جان تہ کیازِ لگ بھک پنداہہ وُہر پتہ اوس تمن از فرہاد صأبنہ ہٹہِ گیوٗن بوزنک موقع میوٗلمُت۔ سُہ تہٕ یِتھٕ کنی زن تہٕ اوس دلہِ ہنزٕ أکس پاش کالونی منز اندرلوکچو اپسراہو پانس ءتی أنہٕ مٕژ کأشر مہک۔ سومہک یُس کتھ أس کران۔ بلکہ أس گیوان گیوان تمن مُستی ہُند جام چاوان۔

فرہاد چھُ پنژاہہ ڈوٗلمُت پوٚز آواز چھس ترٛژھی پژھ پنداہ ؤری بروٚنہہ

اُسس۔ یہ چھُ پزر زِ تمۍ چھُ گوٗن تہٕ نژُن تروومُت تنہٕ یُنہٕ تمُسند شوراہ وۄہر نیچوٗ نیوو

بندوق والیوٚ پانس ستۍ ورغلاوِتھ تہٕ پانس ستۍ رلاوِتھ۔ دپان دل پھٹتھ اوس سُہ ناکہٕ

لوکن تہٕ ونان زِ شُری تھاوِ یوکھ ژورِ۔ گاٹنہٕ چھوزا گہِ کوکر پوٚتبن یعنی سُہ اوس گومُت

دیوانہ۔

زنان نےٚ آسہِ ہس بیمار سُہ کتہ، ییٚہ ہے دلہٕ۔ تس کیاہ اوس پے زِ اتہِ گژھ

تمِس ڈاکٹر راہُل کولس ستۍ ملاقاتھ۔ فرہادس گیہ زنان ٹھیک تہٕ تم گیہ کشیرِ واپس۔ مگر

فرہادن منٛدِ چھوونہ کشیرِ ہُند ناو۔ سُہ آو ییٚہ دلہ فقط کول صاٰبس سمخنہِ۔ ستۍ آسنۍ تحفہ ہاامتی

ییٚہ کاشرۍ ندر تہِ۔ یہ اوس ماجہِ کشیرِ ہُند تبرُک۔ ڈاکٹر کولن وون فرہاد صاٰبس زِ دلہ

منز چھِ تس واریاہ اُشناو تہٕ یار دوست۔ ہرگاہ تمۍ بوزن تہٕ سُہ کیاہ زن باگراوِ تہٕ توٚنۍ

بوزناوِنۍ سُہ گوٗن۔

فرہاد صاٰب گوٚو لا جواب تہٕ جواب دیُت تمۍ سند بوٗاُشی پھیر بو۔

ڈاکٹر کولبن گٔری فون ہاتہٕ لگووٗن سرٕ کہ پیٹھ شامیانہ۔ شام گوتہِ آیہ تم ساری

یمن پے لوٚگ۔

محفل گٔییہ ؤلی ؤلی ژٔتہ بُزرگ بوزن والین پیے تم دوہ ژتبس ییٚلہ راج

ناتھ اوس پننہ ستن طاقن ہنزٕ کانٛی منز نچہ نغمہ تہٕ صوفیانہ موسیقی ہُند پروگرام سجاوان۔

محلُک بٹہ تہٕ مسلمان اُسی بوزنہ یِوان تہِ رأتی راتس اُسی للہٕ واکھ، زِنی موضوٗر، کرالہ

کوٗر، لیلا یہ تہٕ منظوٗم رستم سہراب کاشرۍ پاٹھی بوزان

ازتہِ اوس فرہاد صاٰب تم دوہ ژتبس پاوان۔

فرہاد صأب اوس ازتہٕ منٛزی چاٹھ واٹھاہ بوزناوان پۆز ازیک چاٹھ أسی ازکَین لیڈرن پیٹھ۔ برٛنٛز کھنڈ برونٛہہ اوس تمی اکھ تیٚتھ چاٹھ بوزناٚمتۍ یُس بوزِتھ پرٛتھ اکھ اسان اسان پھٹمُت اوس۔ أکس تازٕ دم لیڈرٕ سُند قصہٕ اوس یہِ زِ تمی اوس پنٛنِس گامس خأطرٕ اکھ نارٕژھوبراونچ گاڑی پانس ستی نِنٛژ۔ اِدِ لۆگ گامہ کیٚن وننہ

''گامس منٛز اوس نار لگان تہٕ اوس فان گژھان۔ وٕنی گژھِ نہ تہِ۔ یہ گاڑی ژھیوراوِ نارس۔ اِدِ کیاہ، وٕنی یژھتو خودا یہ گاڑی چھاوٕنی''

یہِ زأنِتھ زِ راج ناتھ تہٕ شُری چھنہ سایانس منٛز فرہادس تہِ گواُسن مُشِتھ تہٕ تمی وون بامبرِتھ۔ یمو یِذِ یِدوہِ ستیاہ وونی لوکٕٹ شُری تہِ نی۔ خودا چھناوٕ چھان یم ترٛٹہ۔

ڈاکٹر کول ژاپو گرِ مگر اوِر دراو راج ناتھ تہٕ لۆگ سہٕ وننہِ ''کشیرٕ چھِ حالتھ خراب''

فرہادن بوٗزِ یہ تہٕ دِژن کریکھ ''خودایا۔ شینہ مانہ تل کونہٕ چھِ ہِک ژھنان ظأُلم۔ وہے میون نیچو آسہِ ہے ازاِرداوُہر۔ اماسہٕ آسیاہ زندٕ کنہ نہ؟

راج ناتھن رٕٹ کتھ تہٕ لۆگ وننہٕ

''أٹھ أٹھ فُٹہ شین چُھ شہرس منٛز۔ یتہٕ مے وان اوس تتہِ چھِ قہرِ خوداعلاوٕ قہر آدم تہِ'' راج ناتھس أس کتھ کران کران گلہِ زِبو گژھان تہٕ اوس تہِ گرتھ تہِ ونان ڈاکٹر راہُلس

''قطعاً چھنہ مانان۔ زارٕ پارٕ تہِ کوٚر مکھ۔ ٹھٹھٕ مٹھٕ تہِ کوٚر مکھ'' راج ناتھ ماونہ ہے بیٚیہ تہٕ کینٛہہ پۆز راہُلن دیُت برس دکہ تہٕ ژاو پنٛنِس ڈریسنگ روٗمس منٛز۔

واسو تہٕ ہرشو أسی دوہٕ شوِے کارٹون چینل وُچھان۔

تمۍ سُند انداز اوس صحیح تۄ کنۍ اکھ پھرکھ ترٲوتھ پرۄ ژھ تمۍ مٲلس

''پاپا جی تۄہۍ آسہِ وہ کہتام ونان''

راج ناتھن وون نار ژاپان ژاپان۔

''کشیرِ چھ حالتھ خراب۔ بہ ژایوٚس یور نیوز بوزنہِ۔اِد کتہِ دِژ ہسم وُچھنہ۔ دۄ پہ ہسم ٲسہ چھ یوکی مان وُچھن۔ دۄپ مکھ گرِژھو بٲتھ بوزِو اورِ وونہ ہسم۔ڈیڈی سنز پسند چھنہ اسہِ خوش کران۔فرہاد صابس کور کھ نقل تہِ مے وونکھ زِ ژے چھے کاشُر تگان ژِ کیازِ چھکھ نہ بٲتھ بوزان۔''

راہُلن ترووٲسُن تہِ پرژھن مٲلس ''پاپا جی یہ سوال پزِ ہے مے پرژھُن تو ہیٚہ۔کشیرِ ہنز ماے چھا تو ہیٚہ زیادٕ کنہ کشیرِ ییچ؟

راج ناتھن ڈٲج کتھ تہِ لوٚگ فرہاد صابس ونہِ

''دِس جوابَ۔سُہ قصہ چھو یاہ بوزمُت۔ ٲ کِس نفرس لٔج گوٗلی تہِ سُہ گوٚو مُرِتھ۔ ٲ کی خاَرخواہن وون گوٗلی چھس ڈیکس لٔجمِژ۔شُکر چھ ٲچھ چھس بچے مژ۔ تی گوٚیہَ گرِ روٗدمتہِ تہِ بٲتھ بوزویتہِ''

فرہادن ترووووش تہِ گوراہُلس پتہِ پتہِ۔ دوشوٚیِ شُری ٲسی انگریزی پاٹھی کتھ کران یمہ بوزِتھ راہُل اسان اسان پھوٚٹ۔

دوشوٚے ژایہِ سایبانس منز۔ فرہادن اوٗن باجہِ پانس کُن تہِ زنانو ہیوٚت تنبکھ ناربن ووشنیر کرُن۔ فرہادن پرُژھ راہُل کولس۔

''مے ونتہِ ژِ کتھ پیٹھ اوسکھ اسان۔چاۓ زِ نیچو کیاہ ٲسی انگریزی پاٹھی ونان۔زہراہ ٲس مے متعلق کینہتام ونان۔''

راہُلن دۄ پُس ''ہے کمن غوطن گوٗ کھ۔ یم اَسی مےٚ ونان پنہٕ نِس بڈ بس متعلق،'' راہُلس آو بیٚیہ اَسُن تہٕ لوٚگ وننہِ ''مےٚ پرٕ ژھمکھ توٚ ہیہ کیا زِ دِژٕونہٕ دادا جیس خبر وُچھنہ اوٕر وون ہسم سُہ اوس وُچھان شیٚن تہٕ اوس فرٹہ تمی گرٕ ھان توٕ ے۔ بیٚیہ وونہ ہسم دادا جیس وَن سُہ کیا زِ فکر ہیوان اَسی بناووا کھ بڈ چھتر یتھ نہ شیٚن پیٚیہ سانِبن گرن پیٹھ، مےٚ وونہ مکھ ہتا چار ہوا سمانس گُس ہیکہ میٚنتھ۔ اوٕر وونہ ہسم ''جکاس۔ نقاب لاگتھ چھُ سُہ کینٛہہ تہِ کران۔ مےٚ وونہ مکھ توٚ ہی کتہِ انیو نقاب۔ اوٕر وونہ ہسم تیٚلہ گٲیہ داد جین کتھی مانئی۔ تٔمی وون نا بھگوان کرشنن تُل او فنگجہ پیٹھ پہاڑ تہٕ بچووُن پنُن گام یہ بوزتھ آم اسن مگر سوچان چھُس زِ اسوا کنہ ودو۔ واسو چھُ نووُہر تہٕ ہر شِل چھُ ستہٕ وُہر۔ دوشوٕے چھ شیتہٕ وُہرِس پوٚنٹل کران۔






# عرض ناشر

ویریندر پٹوأری چھ افسانن ہندِس دُنیاہس منز اکھ معتبر ناو۔ اتھ مقامس پیٹھ واتان واتان کم سٔنز تہٕ ووگنز وُچھ تمو، تمن پیٹھ ہیکہ اکھ نو وافسانہ بلکہ اکھ ناول لکھنہ یتھ۔ اکھ چیز یُس یہند بن افسانن منز نظرِ چھ گژھان سُہ چھ یہند زأو جارس سٔنتھ اکہ ترتھِ کتھِ ہندِ اظہار کرنک انداز یوسہ کتھ کتھ چھنہٕ بلی کہِ چھے اکھ ڈینہ ونی۔

یہ چھے سائنس کأشرس ویریندر پٹوأری صأبنی گوڈنچ کاشر بن افسانن ہنز سومبرن۔ یہِ ''علَم'' ہیکہ ''پرزِچ علَم'' تہِ آسِتھ ۔ وقتن کھاجہ واریاہ کتھ علمن مگر انسان سُند أندرم دود زون نہٕ کأنسہ۔ ویریندر جی چھ امی احساسہ پنہٕ نِس قلمس زیر دِتھ یہ أندرِم دود بڈ فنکأری سان برۄنہہ کُن تراوان۔ ویریندر جی چھ کأشر تہٕ کأشرِ زبأنی تہٕ کأشرس افسانس پیٹھ چھ تمن تیتھے عبور یُتھ تمو گوڈے اردو زبأنی منز ہاوِتھ چھ دِیتمت۔

''علَم'' افسانن ہنز یہ سومبرن تھاوِنہ پرن وألس صرف پرنس تامے یوت محدود۔ بلی کہ یم افسانہ سوچہ ناون تس خبر کوتاہ، پرن وول دیہِ ضرور تتھ ''انہِ گٹس'' منز ''آلو'' یتھ منز نمرودُن نار چھ وُہان۔ تس یِن تتہ واریاہ بتھی تہِ لبنہ۔ پٔنی تہٕ پرٕ دی۔ کتھِ منز باسہ تس کتھ تہ یمنے کتھن یئِلہ مانے نیرِ اکھ نو وعالم پرژھِ تس ضرور یہ چھامے کنہ موہ؟

خوداے بوزِن ویریندر پٹوأری صأبس روزِن کأشرس ستی مامے قایم تہٕ سُہ بخشِن کأشرس ادبس بیٚیہ تہٕ باگہِ بۆرُت خزانہ۔ (ناشر)